وَقَالُوا لَوْلَآ اُنْزِلَ عَلَيْهِ مَلَكٌ ؕ وَلَوْ
اَنْزَلْنَا مَلَكًا لَّقُضِيَ الْاَمْرُ ثُمَّ لَا
يُنْظَرُوْنَ ۝٩

بیہ چھہ (مخالف) ونان۔ اُمِس پیٹھ کو نہٕ آو کانٛہہ ملائیک نازل کرنہٕ؟ تہٕ اگر اَسی کانٛہہ ملائیک نازِل کرہو، اد (تیلہ ہے) فاصلے گژھہ ہے یتہٕ بیہ ہے نہٕ تِمن موہلت دِنہٕ۔

وَلَوْ جَعَلْنٰهُ مَلَكًا لَّجَعَلْنٰهُ رَجُلًا وَّ
لَلَبَسْنَا عَلَيْهِمْ مَّا يَلْبِسُوْنَ ۝١٠

بیہ (گژھِ یتہٕ یاد تھاوُن زِ) ہرگاہ اَسی یہ (پیغمبر) ملائیکو منٛزٕ تجویز کرہوان توتہٕ دِمہٕ ہو اَسی تس مرزِ بنٛزٕ شکل تہٕ تِمن پیٹھ کرہو توتہٕ (اَسی) سوکٕتھ مُشتبِہ یتھ وُنی کین تِم شُبہ واجنٕ زانان چھِ۔

وَلَقَدِ اسْتُهْزِئَ بِرُسُلٍ مِّنْ قَبْلِكَ فَحَاقَ
بِالَّذِيْنَ سَخِرُوْا مِنْهُمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ
يَسْتَهْزِءُوْنَ ۝١١

بیہ یِم رسُول ژٕ یٕ برونٛہہ گُدرے ہتی چھِ تِمن سیتی تہٕ آیاہِ ٹھٹھہٕ مسخولہٕ کرنہٕ۔ نتیجہ دراو یہ زِ تِمو منٛزٕ یِمو ٹھٹھہٕ مسخول کریاو تِم دُلی تِمی عذابن یتھ، یتھ سیتی تِم ٹھٹھہٕ مذاق کران اُسی۔

قُلْ سِيْرُوْا فِي الْاَرْضِ ثُمَّ انْظُرُوْا كَيْفَ
كَانَ عَاقِبَةُ الْمُكَذِّبِيْنَ ۝١٢

ژٕ وَن تِمن (ہتا) پھیرِو زمینہٕ منٛزٕ پتہٕ وُچھو اپزاون والین ہُند انجام کیا چھُ سپدان۔

قُلْ لِّمَنْ مَّا فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ
قُلْ لِّلّٰهِ ؕ كَتَبَ عَلٰى نَفْسِهِ الرَّحْمَةَ ؕ
لَيَجْمَعَنَّكُمْ اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ لَا رَيْبَ
فِيْهِ ؕ اَلَّذِيْنَ خَسِرُوْا اَنْفُسَهُمْ فَهُمْ لَا
يُؤْمِنُوْنَ ۝١٣

تِمن پرژھو زِ آسمانن تہٕ زمینہٕ منٛزٕ یہ کینٛژھا چھُ سُہ کمیُک سُند چھُ؟ (تِمیُک جواب کیا دِنے تِم، اد کنو، ژٕ ہے) وَن (تِمن)، اللّٰہ (تعالےٰ) سُندُ تِمیٚ چھیہٕ پننس نفسس پیٹھ رحمت فرض کٔرِتھ تھٲوِ منٛزٕ سُہ روزِ وُ توہہِ قیامتہٕ کس دۄہ ہس تام سوٗنبراوان۔ اتھ کتھِ اندر چھنہٕ کانٛہہ شک زِ تِم لوکھ یِمو پننیٚ زو گاٹس منٛزٕ ترٲوی تِم اتھ تہٕ (امرِ بد اعمالی ہندِ سببہٕ) ایمان۔

وَلَهٗ مَا سَكَنَ فِي الَّيْلِ وَالنَّهَارِ ؕ وَهُوَ
السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ ۝١٤

بیہ یہ کینٛژھا رأژٕ (ہنٛزِ اتہٕ گٹہٕ) تہٕ دۄہس (یعنی دُہلہٕ گاشس) منٛزٕ موجود چھُ تہٕ سورُے چھُ تسُند (یعنی خدایہ سُند) تہٕ سُہ چھُ سبھٕا بوزن وول اتہٕ، وارٕ زانن وول۔

قُلْ اَغَيْرَ اللّٰهِ اَتَّخِذُ وَلِيًّا فَاطِرِ
السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَهُوَ يُطْعِمُ وَلَا
يُطْعَمُ ؕ قُلْ اِنِّيْٓ اُمِرْتُ اَنْ اَكُوْنَ اَوَّلَ

ژٕ وَنکھ کیا بہٕ بناوٕناہ اللّٰہ (تعالےٰ) ہس ورأی یُس آسمانن ہُند تہٕ زمینُک پٲدٕ کرن وول چھُ، بیاکھ دوست؟ یُسہٕ زان سُہ چھُ (سارِنٕی انسانن)

مَنْ اَسْلَمَ وَ لَا تَكُوْنَنَّ مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ ﴿۱۵﴾

رزق دوان تہ تس چھنہٕ (کانسہٕ ہندِ طرفہٕ) رزق دنہٕ یوان ۔ تہٕ ونکھ ! میٚہ چھُ حکم دِنہٕ آمت زِ بہٕ بنہٕ سارِ وہے کھوتہٕ بوٚڈ فرمانبردار بیہ یہ زِ (اے رسُول !) تہٕ ینہٕ مُشرِکو منز بنکھ ؟

قُلْ اِنِّيْٓ اَخَافُ اِنْ عَصَيْتُ رَبِّيْ عَذَابَ يَوْمٍ عَظِيْمٍ ﴿۱۶﴾

تہٕ ون زِ اگر بہٕ پننس پروردگارس سٕنز نافرمانی کرٕ تہٕ بہٕ چھُس اکہِ بڑِ دٕہکس عذابس کھوژان ۔

مَنْ يُّصْرَفْ عَنْهُ يَوْمَئِذٍ فَقَدْ رَحِمَهٗ ۭ وَ ذٰلِكَ الْفَوْزُ الْمُبِيْنُ ﴿۱۷﴾

یُس بٔنس سہٕ (عذاب) ٹالنہٕ آو تہٕ (زانٛن تو زِ) تمہ دوہ ہیُر خداین تس پیٹھ رحم تہٕ یہ چھیہ سیٹھا بُڑ کامیابی ۔

وَ اِنْ يَّمْسَسْكَ اللّٰهُ بِضُرٍّ فَلَا كَاشِفَ لَهٗٓ اِلَّا هُوَ ۭ وَ اِنْ يَّمْسَسْكَ بِخَيْرٍ فَهُوَ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿۱۸﴾

بیہ ہرگاہ اللہ (تعالیٰ) ژٕ یہٕ کانٛہہ ضرر واتناوی ادٕ تس ورٲے ہیکہِ نہٕ سہٕ کانٛہہ دور کرِتھ تہٕ اگر سہٕ ژٕ یہٕ کانٛہہ رژر واتناوی تہٕ سہٕ چھُ پرتھ کتھِ پیٹھ قادر ۔

وَ هُوَ الْقَاهِرُ فَوْقَ عِبَادِهٖ ۭ وَ هُوَ الْحَكِيْمُ الْخَبِيْرُ ﴿۱۹﴾

بیہ چھُ سہٕ پننین بندن پیٹھ غالب تہٕ سہٕ چھُ بجہ حِکمژ دول (تہٕ) سارِ وہے حالاتو بٕنشہٕ خبردار

قُلْ اَيُّ شَيْءٍ اَكْبَرُ شَهَادَةً ۭ قُلِ اللّٰهُ ۣ شَهِيْدٌۢ بَيْنِيْ وَ بَيْنَكُمْ ۣ وَ اُوْحِيَ اِلَيَّ هٰذَا الْقُرْاٰنُ لِاُنْذِرَكُمْ بِهٖ وَ مَنْۢ بَلَغَ ۭ اَئِنَّكُمْ لَتَشْهَدُوْنَ اَنَّ مَعَ اللّٰهِ اٰلِهَةً اُخْرٰى ۭ قُلْ لَّآ اَشْهَدُ ۚ قُلْ اِنَّمَا هُوَ اِلٰهٌ وَّاحِدٌ وَّ اِنَّنِيْ بَرِيْٓءٌ مِّمَّا تُشْرِكُوْنَ ﴿۲۰﴾

تہٕ ون سارِ وہے کھوتہٕ بجاڈ (بُڑ) گوٲہی دِنہٕ واجنہٕ کوس ہستی چھیہ ۔ پتہٕ ون (پانے جوابہ کنہٕ) زِ اللہ (تعالیٰ) : سہٕ چھُ تۄہہ تہٕ میٚہ درمیان گواہ ۔ تہٕ میٚہ کُن چھُ یہ قرآن (شریف) وحی کرنہٕ آمت یُتھ زن امہٕ کِہ ذریعہ بہٕ تۄہی (بیٚیہ والِہ عذابہٕ بٕنشہٕ) ہُشیار کرو ۔ بیہ تِم (سارے) تہٕ یمن تام یہ واتہٕ ۔ کیا تۄہی چھوا یہ گواہی دِوان زِ اللہ (تعالیٰ) ہس ورٲے چھِہ کینٛہہ بیہ معبود تہٕ ؟ (تہٕ پتہٕ) ونکھ (پننہٕ طرفہٕ) زِ (تۄہی رٔوزی تو ژٕ اپنہٕ گوٲہیہ دوان ۔) بہٕ چھُسنہٕ یہ گوٲہی دِوان ۔ (بیہ) ونکھ زِ سہٕ (خدا) چھُ پننس ذاتس منز صرف کُنے خدائے تہٕ بہٕ چھُس تِمن چیزن بیزار یِم (چیزٕ) تۄہی خدایس سٕندی شریک بناوان

چھووکھ ۔

اَلَّذِيْنَ اٰتَيْنٰهُمُ الْكِتٰبَ يَعْرِفُوْنَهٗ
كَمَا يَعْرِفُوْنَ اَبْنَآءَهُمْ ۘ اَلَّذِيْنَ
خَسِرُوْٓا اَنْفُسَهُمْ فَهُمْ لَا يُؤْمِنُوْنَ ﴿٢١﴾

یِمَن لُوکَن یِمَن اسہِ کتاب دِژ مٕژ چھیٖ تِم پَرزَناوان (اتھ پیزرس)، یِتھَے کٔنہٕ پرٕزناوان ییٚتھٕکٕنۍ تِم پننین نیچوِن پرزناوان چھِ، مگر یِم لُوکھ گاٚنٛس منٛز پییٚی تِم یہِنٛزٕ زوٗ (تِہ) ترٲوِکھ گاٚنٛس منٛز تِم چھِنہٕ ایمان انان ۔

وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا
اَوْ كَذَّبَ بِاٰيٰتِهٖ ؕ اِنَّهٗ لَا يُفْلِحُ
الظّٰلِمُوْنَ ﴿٢٢﴾

بیہ تَس نِسبَتھ کھوتہٕ بجاو ظالِم کُس ہیٚکہِ آستھ یُس اللّٰہ (تعالےٰ)، ہَس پیٹھ اپٕز نوٚو راوان چھُ یا تمٕی سٕندی نِشانہٕ اپزاوان چھُ ؟ پُز کتھ چھیٖ یہِ زِ ظالِم چھِنہٕ زانہہ کامیاب سپدان ۔

وَيَوْمَ نَحْشُرُهُمْ جَمِيْعًا ثُمَّ نَقُوْلُ
لِلَّذِيْنَ اَشْرَكُوْٓا اَيْنَ شُرَكَآؤُكُمُ الَّذِيْنَ
كُنْتُمْ تَزْعُمُوْنَ ﴿٢٣﴾

بیہ ییٚمہِ دوہہ اَسی تِم ساری سومبراوَوکھ، پتہٕ یِمو سانٛہِ شریک ٹھہرٲوی ہیٚتی چھِ تِمَن وَنَو زِ تُہنٛدی (بنٲوی ہیٚتی)، تِم شریک کتہٕ چھِ یِمن متعلق تۄہۍ دعویٰ کران ٲسی وۄ (زِ تِم چھِ اللّٰہ تعالےٰ سٕندی شریک) ۔

ثُمَّ لَمْ تَكُنْ فِتْنَتُهُمْ اِلَّآ اَنْ قَالُوْا
وَاللّٰهِ رَبِّنَا مَا كُنَّا مُشْرِكِيْنَ ﴿٢٤﴾

پتہٕ وَنَن تِم امِہ کِس جوابس منٛز صرف یہِ زِ وَاللّٰہ (یعنے اللّٰہ تعالےٰ سٕنٛز درہے) یُس سون (پوٚز) پروردگار چھُ ۔ اَسی تہٕ آسی (ہی) نہٕ مُشرِک ۔

اُنْظُرْ كَيْفَ كَذَبُوْا عَلٰٓى اَنْفُسِهِمْ وَضَلَّ
عَنْهُمْ مَّا كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ ﴿٢٥﴾

وُچھ ! تِم کیتھ پٲٹھۍ وَنَن (ییتھ موقعس پیٹھ) پننین زُون متعلق اپٕز ۔ تہٕ یہِ (کینٛژھا)، تِم امہِ بروٚنٛٹھ بہتان بازی کران ٲسی، (تہٕ سورُے) گژھِ تِمَن مُشتھ ۔

وَمِنْهُمْ مَّنْ يَّسْتَمِعُ اِلَيْكَ ۚ وَجَعَلْنَا عَلٰى
قُلُوْبِهِمْ اَكِنَّةً اَنْ يَّفْقَهُوْهُ وَفِيْٓ
اٰذَانِهِمْ وَقْرًا ؕ وَاِنْ يَّرَوْا كُلَّ اٰيَةٍ لَّا
يُؤْمِنُوْا بِهَا ؕ حَتّٰٓى اِذَا جَآءُوْكَ
يُجَادِلُوْنَكَ يَقُوْلُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْٓا اِنْ
هٰذَآ اِلَّآ اَسَاطِيْرُ الْاَوَّلِيْنَ ﴿٢٦﴾

بیہ چھِ تِمو منٛزٕ کیٚنٛہہ (لُوکھ)، تِتھۍ یِم توہہ (یعنے تُہنٛزٕن کتھن) کَن داران چھِ حالانکہِ اسہِ چھ تِہنٛدین دِلن پیٹھ پردہٕ ترٲوی ہیٚتی ۔ یُتھ زَن تِمَن یہِ فِکرِ ترِ (نہٕ) ۔ بیہ چھُ تِہنٛدین کنن زرٕبر (یا دٕ کرنہٕ آمُت) تہٕ اَدِ اگر تِم پرتھ اکھ (تِہنٛدِ) نِشان وُچھن، تِم انن نہٕ تتھ پیٹھ ایمان ۔ یوتانٛز (چھِ تِہنٛز حالت وٲتِھ مٕژ) زِ ییٚلہِ تِم ژےٚ نِش یوان چھِ تہٕ ژیٚ سٟتی چھِ مجادلہٕ لاگان ۔ کافر چھِ

وٙنان یہ (قرآن) چھُ صرف برُونہِمٕو ہِنٛز داستان۔

وَهُمْ يَنْهَوْنَ عَنْهُ وَيَنْـَٔوْنَ عَنْهُ ۚ وَإِنْ يُهْلِكُونَ إِلَّآ أَنْفُسَهُمْ وَمَا يَشْعُرُونَ ﴿٢٦﴾

بیہ چھِ یِم امہِ بنٛشہِ (بیٚین تہٕ) پتھ رٹان تہٕ (پانہٕ تہٕ) پتھِ امہِ بنٛشہِ دوٗر روزان۔ اماپوٚز یِم چھِنہٕ پانس ورٲے کانٛسہِ ہلاک کران وہٕ ذٕ گوٚو یِمن چھُنہٕ فِکرے تران۔

وَلَوْ تَرَىٰٓ إِذْ وُقِفُوا عَلَى النَّارِ فَقَالُوا يٰلَيْتَنَا نُرَدُّ وَلَا نُكَذِّبَ بِاٰيٰتِ رَبِّنَا وَنَكُونَ مِنَ الْمُؤْمِنِيْنَ ﴿٢٧﴾

بیہ ہرگاہ ژٕ یِم (تمہِ وقتہٕ) وُچھہکھ ییٚلہِ یِم جہنمس برونٛٹھ کنہِ استادٕ کرنہٕ ییٚن تہٕ ییٚلہِ یِم) وٚنَن (زِ) اے کاش! کہِ اَسی یِمہٕ ہوٚ (ایمانٛچ حالتھ ہیتھ) واپس انٛنہٕ تہٕ اَسی اپزاوٕ ہوکھ تہٕ زانٛہہ آیندٕ پننٛس پروردگارٕ سنٛدی نِشانہٕ (تہٕ تُریہٕ سپدی تہندِ اپزاوٕنٛچ حقیقت معلوم)۔

بَلْ بَدَا لَهُمْ مَّا كَانُوا يُخْفُونَ مِنْ قَبْلُ ۖ وَلَوْ رُدُّوا لَعَادُوا لِمَا نُهُوا عَنْهُ وَإِنَّهُمْ لَكٰذِبُونَ ﴿٢٨﴾

حقیقت چھیٚہٕ یہ زِ یہ (کینٛژھا) یِم (امہِ برونٛٹھ) کھٹھ تھاوان اَسی تہٕ چھُ یِمن ییٚنٛھ پوٚرٕ پٲٹھی واشگاف گومُت۔ تہٕ اگر یِم (واپس) انٛنہٕ ییٚہن تہٕ یِم کرِہن دوبارٕ بیہ تی ییٚمہِ نِش یِم پتھ رٹنہٕ یوان اَسی تہٕ یِم چھِ یقیناً (پننٛس دعواہس منٛز) اپزٕ یارٕی۔

وَقَالُوٓا إِنْ هِيَ إِلَّا حَيَاتُنَا الدُّنْيَا وَمَا نَحْنُ بِمَبْعُوثِيْنَ ﴿٢٩﴾

بیہ چھِ یِم وٚنان زِ ساننہٕ ییٚمہِ دُنیٲوی زندگی ورٲے چھِنہٕ (بیہ) کانٛہہ (زندگی)، تہٕ نہٕ ییمو اَسی (آخرتس منٛز) تُلنہٕ۔

وَلَوْ تَرَىٰٓ إِذْ وُقِفُوا عَلٰى رَبِّهِمْ ۚ قَالَ أَلَيْسَ هٰذَا بِالْحَقِّ ۚ قَالُوا بَلٰى وَرَبِّنَا ۚ قَالَ فَذُوقُوا الْعَذَابَ بِمَا كُنْتُمْ تَكْفُرُونَ ﴿٣٠﴾

ع ۹

بیہ ہرگاہ ژٕ یِم (تمہِ وقتہٕ) وُچھہکھ ییٚلہِ یِم پننٛس پروردگارس برونٛٹھ کنہِ استادٕ کرنہٕ ییٚن (تہٕ) سُہ فرماوِ (یِمن)، بیہ (دوٚیِم زندگی) چھنا پزٕ؟ (تہٕ) یِم دِن جواب، اَسہِ چھہ پننٛس پروردگارٕ سنٛزٕ دٕرٕسے، کیازِ نہٕ؟ (ضروٗر چھیٚہ پزٕ!)۔ سُہ فرماویکھ، تیٚلہِ ژٕکھو توٚہی پننہِ اِنکارٕ (تہٕ تتھ پیٹھ ڈٹتھ روزنہٕ) کِنہٕ عذاب (یعنے تمیُک مزٕ وُچھو)۔

قَدْ خَسِرَ الَّذِيْنَ كَذَّبُوا بِلِقَآءِ اللّٰهِ ۖ حَتّٰىٓ إِذَا جَآءَتْهُمُ السَّاعَةُ بَغْتَةً قَالُوا

ییمو لُکو اللہ (تعالیٰ) سٕنٛد ملاقات (مُلاقاتُک مسلہ) اپزٕ وو یِم چھِ نُقصانس اندر ہیتہٕ آمتی۔ یوٚت تانی

يَحْسْرَتَنَا عَلٰى مَا فَرَّطْنَا فِيْهَا ، وَهُمْ
يَحْمِلُوْنَ اَوْزَارَهُمْ عَلٰى ظُهُوْرِهِمْ ، اَلَا
سَآءَ مَا يَزِرُوْنَ ﴿۳۱﴾

زِ بیٚلِہ سٕہ ساعت ہنگہٕ منگہٕ تمن پیٚٹھ وۄاتھ پیٚیہ تہٕ تِم وَنَن ہے افسوس ! تمہِ کوتاہی کنہِ یوس اسہِ تمہٕ (ساعتہٕ) کہ حقہٕ کرٕ تہٕ تِم آسن تمہٕ وقتہٕ پننہٕ بارٕ پننین کٔشکن پیٚٹھ ہیتھ ۔ بوٗزِو ! یُس (بوٗر) تِم تُلن ، سُہ آسہِ سیٹھاہ (ہے) ناکار ۔

وَمَا الْحَيٰوةُ الدُّنْيَآ اِلَّا لَعِبٌ وَّلَهْوٌ ،
وَلَلدَّارُ الْاٰخِرَةُ خَيْرٌ لِّلَّذِيْنَ يَتَّقُوْنَ ،
اَفَلَا تَعْقِلُوْنَ ﴿۳۲﴾

بیہ یہ دُنیاوی زندگی چھِنہٕ کُنہٕ تہٕ تماشہٕ وراۓ (کہنہٕ) ، تہٕ یِم لوکھ تقویٰ پراوان چھِ ، تِہندِ خاطرٕ چھُ آخرتُک گرٕ یقیناً بہتر ۔ کیا تمہٕ پتہٕ تہٕ چھوٗنا توٚہہِ عقلہٕ کام ہیوان ؟

قَدْ نَعْلَمُ اِنَّهٗ لَيَحْزُنُكَ الَّذِيْ يَقُوْلُوْنَ
فَاِنَّهُمْ لَا يُكَذِّبُوْنَكَ وَلٰكِنَّ الظّٰلِمِيْنَ
بِاٰيٰتِ اللّٰهِ يَجْحَدُوْنَ ﴿۳۳﴾

اَسہِ چھِ بے شک زانان (تہٕ) یِہِہے کتھہٕ چھِہِ یُس زِ یِہ کٔنِشہا تِم وَنان چھِ تہٕ چھُے ژٕ یِہ ضرُور غمگین کران ۔ تہٕ کیاز زِ تِم چھِہٕ تہٕ ژٕ یہٕ اپزاوان بلکہٕ چھِ ظالِم (اللّٰہ تعالیٰ) سندین آین زانِتھ مانِتھ انکار کران ۔

وَلَقَدْ كُذِّبَتْ رُسُلٌ مِّنْ قَبْلِكَ فَصَبَرُوْا
عَلٰى مَا كُذِّبُوْا وَاُوْذُوْا حَتّٰى اَتٰهُمْ
نَصْرُنَا ، وَلَا مُبَدِّلَ لِكَلِمٰتِ اللّٰهِ ، وَ
لَقَدْ جَآءَكَ مِنْ نَّبَاِى الْمُرْسَلِيْنَ ﴿۳۴﴾

تہٕ ژٕ یِہ برٕونٹھِم رسُول تہٕ چھِہ بے شک اپزاونہٕ آمٕتۍ ۔ اَدٕ امہِ باوجود زِ تِم آیہِ اپزاونہٕ تہٕ تِمن آو تکلیف دِنہٕ تِم رُودی صبر کران یوٚت تام زِ تِمن ووت سون مدد ، تہٕ اللّٰہ (تعالیٰ) سِنزن کتھن چھُنہٕ کانٛہہ بدلاوَن وول تہٕ ژٕ یہٕ نِش چھِہ رسُولن ہنزِ کینٛہہ خبرٕ یقیناً آمٕژٕ ۔

وَاِنْ كَانَ كَبُرَ عَلَيْكَ اِعْرَاضُهُمْ فَاِنِ
اسْتَطَعْتَ اَنْ تَبْتَغِيَ نَفَقًا فِى الْاَرْضِ اَوْ
سُلَّمًا فِى السَّمَآءِ فَتَاْتِيَهُمْ بِاٰيَةٍ ، وَلَوْ
شَآءَ اللّٰهُ لَجَمَعَهُمْ عَلَى الْهُدٰى فَلَا
تَكُوْنَنَّ مِنَ الْجٰهِلِيْنَ ﴿۳۵﴾

بیہ ہرگاہ یِمن (کافرن) ہنز روٗے گردانی ژٕ یِہ گوب پیٚہے باسان تہٕ ہرگاہ ژٕ یِہ مۆنز طاقت چھُ زِ زمینس اندر کُنہٕ سرُونگہٕ ہنز یا آسمانس کُن کُنہٕ ہیرِ ہنز ژھانڈ ہیکھ کرِتھ (تہٕ) پتہٕ ہیکھ تِہندِ خاطرٕ کانٛہہ نِشانہٕ اَنِتھ (اَدٕ ، بے شک کر تہٕ !) ، تہٕ ہرگاہ اللّٰہ (تعالیٰ) یِنہِ ژھہ ہے تہٕ تِمن کرِہے ضرُور ہدایتس پیٚٹھ جمع لہٰذا مَہ بن ژٕ بے خبرو منز ۔

اِنَّمَا يَسْتَجِيْبُ الَّذِيْنَ يَسْمَعُوْنَ ، وَ
الْمَوْتٰى يَبْعَثُهُمُ اللّٰهُ ثُمَّ اِلَيْهِ

یِم لوکھ بوزان چھِ ، تِمے چھِ (کتھ) قبوٗل کران ۔ تہٕ (یِم) موٗردٕ[1] چھِ ، اللّٰہ (تعالیٰ) تُلِہ تِمن تھوٗد ۔

[1] یتیمبن چھُ "موردٕ" معنے حقہٕ نشہٕ محروم ۔

يُرْجَعُوْنَ ﴿٣٦﴾

پتہٕ یِن تم تسُے کُن واپس نِنہٕ ۔

وَقَالُوْا لَوْلَا نُزِّلَ عَلَيْهِ اٰيَةٌ مِّنْ رَّبِّهٖ ؕ
قُلْ اِنَّ اللّٰهَ قَادِرٌ عَلٰٓى اَنْ يُّنَزِّلَ اٰيَةً وَّ
لٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿٣٧﴾

بیہ چھِ تم ونان زِ تیٚہندِس پروردگارٕ سندِ طرفہٕ کوٚنہٕ آو تس پیٹھ کانٛہہ نِشانہٕ نازِل کرنہٕ ؟ تہٕ ونکھ زِ اللہ (تعالیٰ) چھُ اتھ (کتھِ) پیٹھ بے شک قادِر زِ کانٛہہ نِشانہٕ کرِ نازِل ۔ اما پوٚز تمو منٛزٕ چھِ وارٕہ (یہ کتھ) زانان ۔

وَمَا مِنْ دَآبَّةٍ فِى الْاَرْضِ وَلَا طٰٓئِرٍ
يَّطِيْرُ بِجَنَاحَيْهِ اِلَّآ اُمَمٌ اَمْثَالُكُمْ ؕ
مَا فَرَّطْنَا فِى الْكِتٰبِ مِنْ شَىْءٍ ثُمَّ اِلٰى
رَبِّهِمْ يُحْشَرُوْنَ ﴿٣٨﴾

تہٕ زمینہٕ پیٹھ پکن وٲلی ساری (زُو دار) تہٕ بیہ پیٚتھو دوٚنوٕے وٕپے پکھو سٟتی وُپھن وٲلی جانوار چھِ تُہندی پٲٹھی جماژ[1] ۔ اسہِ کوٚر نہٕ ییتھ کتابہِ اندر کیٛنہہ تہِ کمی ۔ پتہٕ یِن یم (یعنے گوڈنچو بیان کرنہٕ آمژٕ ٹولیو منٛزٕ انسان) پننِس پروردگارس کُن سوٚمبرٲوِتھ نِنہٕ ۔

وَالَّذِيْنَ كَذَّبُوْا بِاٰيٰتِنَا صُمٌّ وَّبُكْمٌ فِى
الظُّلُمٰتِ ؕ مَنْ يَّشَاِ اللّٰهُ يُضْلِلْهُ ؕ وَمَنْ
يَّشَاْ يَجْعَلْهُ عَلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿٣٩﴾

بیہ یِمو لُکو سانٛزِ آیہٕ اپزٲوی ہیتی چھِ تم بیہ زُری تہٕ گُٹ (تہٕ)، انٛہ گٹہٕ منٛز چھِ (پیٹھ)۔ اللہ (تعالیٰ) یمِس یژھِ (تس) کرِ ہلاک تہٕ یمِس یژھِ تس کرِ سیٚزِ وتہٕ پیٹھ (قٲیِم) ۔

قُلْ اَرَءَيْتَكُمْ اِنْ اَتٰىكُمْ عَذَابُ اللّٰهِ اَوْ
اَتَتْكُمُ السَّاعَةُ اَغَيْرَ اللّٰهِ تَدْعُوْنَ ۚ اِنْ
كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿٤٠﴾

تُہٕ ون زِ توٚہیہٕ ونِو تہٕ (سٕہی) زِ اگر توٚہہ پیٹھ اللہ (تعالیٰ) سُند عذاب ییہِ یا توٚہہ پیٹھ ییہِ (وعدٕ دِنہٕ آمُت) ساعت ۔ بیہ ہرگاہ توٚہیہٕ پزٕیارکر چھِو تہٕ کیا توٚہی کرِوا (تمہِ وقتہٕ) اللہ (تعالیٰ) ہس ورٲیی کانٛسہٕ (بیٚیِس) آلو ۔ ؟

بَلْ اِيَّاهُ تَدْعُوْنَ فَيَكْشِفُ مَا تَدْعُوْنَ
اِلَيْهِ اِنْ شَآءَ وَتَنْسَوْنَ مَا تُشْرِكُوْنَ ﴿٤١﴾ ع ١١

نہٕ تہٕ، بلکہ توٚہی کرِو تسی آلو ۔ پتہٕ اگر سہٕ یژھِ تہٕ یمہٕ (تکلیفہٕ کرِ کاسنہٕ) باپتھ توٚہی (تس) آلو کرِو سہٕ کرِ ضرور سہٕ دوٗر، تہٕ توٚہی مُشراوِ لوٗن سہٕ یِس توٚہی (خدایس سُند) شریک ٹھہراوان چھِوان ۔

وَلَقَدْ اَرْسَلْنَآ اِلٰٓى اُمَمٍ مِّنْ قَبْلِكَ
فَاَخَذْنٰهُمْ بِالْبَاْسَآءِ وَالضَّرَّآءِ لَعَلَّهُمْ
يَتَضَرَّعُوْنَ ﴿٤٢﴾

بیہ چھِ اسہِ توٚہہ برٚونٛہہ کنہِ ہتن قومن کُن (رسوٗل) سوٗزی ہیتی تہٕ (تم رسوٗل ینہٕ پتہٕ) اسہِ کسی تم (مُنکر) ام موکھہٕ مالی تہٕ بدنی تکلیفن منٛز آورٲوی

[1] یعنے خدا تعالےٰ سٕندین قانوٗنن تابع چھِ ۔

متو نہ تم پراون عاجزی.

فَلَوْلَآ إِذْ جَآءَهُمْ بَأْسُنَا تَضَرَّعُوا وَلٰكِنْ قَسَتْ قُلُوبُهُمْ وَزَيَّنَ لَهُمُ الشَّيْطٰنُ مَا كَانُوا يَعْمَلُونَ ﴿٤٣﴾

پتہ کیاز شپہ نہ تہ نہ ییلہ تمن پیٹھ سون عذاب آیاو تہ تم پراوہن عاجزی. بلکہ گئے تھندی دل (بیہ ہن تہ) سخت. تہ پہ تم کران اسی شیطانن ہوو تمن تہ ، خوبصورت کرتھ.

فَلَمَّا نَسُوا مَا ذُكِّرُوا بِهٖ فَتَحْنَا عَلَيْهِمْ أَبْوَابَ كُلِّ شَيْءٍ ۖ حَتّٰى إِذَا فَرِحُوا بِمَآ أُوتُوٓا أَخَذْنٰهُمْ بَغْتَةً فَإِذَا هُمْ مُبْلِسُونَ ﴿٤٤﴾

پتہ ییلہ تمو سو (کتھ) مشراو یوسہ تمن یاد یاونہ یوان اس تہ اسہ ترآوی تمن پیٹھ پر ہتھ کنہ چیز کی درواز ییلہ. یوت تا متھ نہ ییلہ تم تتھ پیٹھ خوش سپدی پہ تمن دنہ آو تہ اسہ کری تم ہنگہ منگہ عذابس منز مبتلا. یتھ پیٹھ تم یکدم نا ومید سپدی.

فَقُطِعَ دَابِرُ الْقَوْمِ الَّذِينَ ظَلَمُوا ۚ وَالْحَمْدُ لِلّٰهِ رَبِّ الْعٰلَمِينَ ﴿٤٥﴾

لہذا یمو ظلم کورمت اوس تھندی مول تہ آیہ ژٹنہ تہ (ثابت سپد نہ) سارنے تعریفن ہند حقدار چھ اللہ (تعالیٰ) ہے یس سارنے عالمن ہند پروردگار چھ.

قُلْ أَرَءَيْتُمْ إِنْ أَخَذَ اللّٰهُ سَمْعَكُمْ وَأَبْصٰرَكُمْ وَخَتَمَ عَلٰى قُلُوبِكُمْ مَنْ إِلٰهٌ غَيْرُ اللّٰهِ يَأْتِيكُمْ بِهٖ ۗ انْظُرْ كَيْفَ نُصَرِّفُ الْاٰيٰتِ ثُمَّ هُمْ يَصْدِفُونَ ﴿٤٦﴾

تہ ونکھ نہ وذ تو تہ سہی (نہ) ہرگاہ اللہ (تعالیٰ) تھند بوزنک طاقت تہ اچھ گاش ضایع کر تہ تھندین دلن کر موہر تہ اللہ (تعالیٰ) ہس ورآے کس چھ معبود ؟ یس تم (ضایع گامتہ چیز) تو ہسہ (واپس) انتھ دی و. وچھ! اسی کتھ پاٹھی چھ پھری پھری (تہ بیون بیون انداز سان) آیہ بیان کران. امابوز تم چھ تو تہ روے گردانی کران گژھان.

قُلْ أَرَءَيْتَكُمْ إِنْ أَتٰىكُمْ عَذَابُ اللّٰهِ بَغْتَةً أَوْ جَهْرَةً هَلْ يُهْلَكُ إِلَّا الْقَوْمُ الظّٰلِمُونَ ﴿٤٧﴾

تہ ونکھ نہ وذ تو تہ سہی نہ اللہ (تعالیٰ) سند عذاب یودوے تو ہسہ پیٹھ ہنگہ منگہ (وتہ دینہ روستے) یا تتی پاٹھی پیسہ تہ کیا ظالم لوکو ورآے بیا (بیاکھ کانہہ شخص) ہلاک کرنہ ؟

وَمَا نُرْسِلُ الْمُرْسَلِينَ إِلَّا مُبَشِّرِينَ وَمُنْذِرِينَ ۚ فَمَنْ اٰمَنَ وَأَصْلَحَ فَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ يَحْزَنُونَ ﴿٤٨﴾

بیہ چھکھ اسی رسول صرف خوشخبر دنہ تہ خاطرہ تہ خبردار کرنہ باپتھ سوزان. پتہ یم (لوکھ) ایمان انن تہ اصلاح کران تمن (نہ) آسہ (آیندہ باپتھ) کنہ قسمک خوف تہ نہ سپدن تم (پتھکن گامتین کوتاہین پیٹھ) غمگین.

وَالَّذِينَ كَذَّبُوا بِاٰيٰتِنَا يَمَسُّهُمُ الْعَذَابُ

بیہ یمو سانین آیین ہند انکار کورمت چھ تمن میلہ

بِمَا كَانُوا يَفْسُقُونَ ﴿٥٠﴾

تہنزِ نافرمانیو سببہٕ عذاب ۔

قُلْ لَّآ اَقُوْلُ لَكُمْ عِنْدِيْ خَزَآئِنُ اللّٰهِ وَلَآ
اَعْلَمُ الْغَيْبَ وَلَآ اَقُوْلُ لَكُمْ اِنِّيْ مَلَكٌ ۚ
اِنْ اَتَّبِعُ اِلَّا مَا يُوْحٰٓى اِلَيَّ ۚ قُلْ هَلْ
يَسْتَوِى الْاَعْمٰى وَ الْبَصِيْرُ ۚ اَفَلَا
تَتَفَكَّرُوْنَ ﴿٥١﴾

ع ٥ ١١

ژٕ ونِکھ بہٕ چھُسو نہٕ تۄہہِ یہِ ونان زِ میٲنہِ نِش چھِ
اللہ (تعالیٰ) سٕندی خزانہٕ تہٕ نہٕ (یہِ زِ) بہٕ چھُس
غٲب زانان تہٕ نہٕ چھُسو بہٕ تۄہہِ یہِ ونان۔ زِ بہٕ چھُس
ملایک، بہٕ چھُس صرف تمیٖچ پٲروی کران، یُس میٲنِس
وُحی کرنہٕ آمُت چھُ۔ ژٕ ونِکھ زِ کیا انٛد تہٕ گاشدار
ہیٚکیا ہیُوی آسِتھ؟ اَدٕ کیا تۄہہِ چھُونا تۄہۍ سوچان؟

وَاَنْذِرْ بِهِ الَّذِيْنَ يَخَافُوْنَ اَنْ يُّحْشَرُوْٓا
اِلٰى رَبِّهِمْ لَيْسَ لَهُمْ مِّنْ دُوْنِهٖ وَلِيٌّ وَّلَا
شَفِيْعٌ لَّعَلَّهُمْ يَتَّقُوْنَ ﴿٥٢﴾

تہٕ کرِکھ امہٕ (کلامہٕ) کِس ذٔریعہٕ تِمن لُکن خبردار یِم اتھ
کِنۍ کھوژان چھِ زِ تِم یِن تِہندِس پروردگارس کُن
جمع کرنہٕ یِنہٕ تِہندِ بغیر تس سِوا تِہندۍ کانٛہہ مددگار آسہ
(تہٕ) نہٕ آسہِ کانٛہہ سفارِش کرن وول۔ (اَدٕ کیٚنہ کرِکھ
تِم خبردار)، یِتھ تِم تقویٰ ہیٚراون۔

وَلَا تَطْرُدِ الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ رَبَّهُمْ
بِالْغَدٰوةِ وَالْعَشِيِّ يُرِيْدُوْنَ وَجْهَهٗ ۚ مَا
عَلَيْكَ مِنْ حِسَابِهِمْ مِّنْ شَيْءٍ وَّمَا مِنْ
حِسَابِكَ عَلَيْهِمْ مِّنْ شَيْءٍ فَتَطْرُدَهُمْ
فَتَكُوْنَ مِنَ الظّٰلِمِيْنَ ﴿٥٣﴾

یِمہٕ کر ژٕ دکہٕ تِمن لُکن یِم پننِس پروردگارس
صُبحن تہٕ شامن تسٕندٕ توجہٕ یہٕ چھِ ہیرٕہان تس آلو دوان
چھِ۔ تِہندِ حسابُک کانٛہہ حصہٕ تہٕ چھُنہٕ چانہِ ذِمہٕ
تہٕ چانہِ حسابُک کانٛہہ حصہٕ چھُنہٕ تِہندِ ذِمہٕ۔ اَدٕ کیٚنہ
(ہرگاہ) ژٕ تِمن دکہٕ دِکھ تہٕ ژٕ سپدکھ ظالِم۔

وَكَذٰلِكَ فَتَنَّا بَعْضَهُمْ بِبَعْضٍ لِّيَقُوْلُوْٓا
اَهٰٓؤُلَآءِ مَنَّ اللّٰهُ عَلَيْهِمْ مِّنْۢ بَيْنِنَا ۗ اَلَيْسَ
اللّٰهُ بِاَعْلَمَ بِالشّٰكِرِيْنَ ﴿٥٤﴾

یِہ چھِ اَسہِ تِمو منٛز کیٚنہٕ کینٛژن ہنٛدِ ذٔسی یِتھ پٲٹھۍ
آزماوِی ہتۍ یِتھ تِم (آزمایشہٕ منٛز تراوِنہٕ آمتۍ لُکھ)
ونن زِ کیا اللہ (تعالیٰ) ہُن کورا اَسہِ منٛز یِمن (ذٔلیل)
لُکن پیٹھ احسان؟ (زٕرت گۄو) کیا خُدا چھُنا شُکرانہٕ
کرن والین (سارِوے کھوتہٕ جان) زانان؟

وَاِذَا جَآءَكَ الَّذِيْنَ يُؤْمِنُوْنَ بِاٰيٰتِنَا فَقُلْ
سَلٰمٌ عَلَيْكُمْ كَتَبَ رَبُّكُمْ عَلٰى نَفْسِهِ
الرَّحْمَةَ ۙ اَنَّهٗ مَنْ عَمِلَ مِنْكُمْ سُوْٓءًۢا
بِجَهَالَةٍ ثُمَّ تَابَ مِنْۢ بَعْدِهٖ وَاَصْلَحَ فَاَنَّهٗ
غَفُوْرٌ رَّحِيْمٌ ﴿٥٥﴾

یِمہٕ ییٚلہِ ژٕ نِش تِم لُکھ یِن یِم سانیٚن آین پیٹھ
ایمان انان چھِ تہٕ ژٕ وَن (تِمن زِ)، تۄہہِ پیٹھ آسن
ہمیشہ سلامتی۔ تُہندۍ پروردگارن چھُ (تُہندِ باپتھ)
پننِس پانس پیٹھ رحمت فرض کٔرمٕژ۔ (یِتھیا کُنۍ
زِ تۄہہِ منٛز یُس (کانٛہہ) وُشتھن کانٛہہ بُری کٔرِتھ
گژھہ تمہِ پتہٕ کرِ توبہٕ تہٕ اصلاح۔ اَدٕ تس (خُدایس)
چھُ یہِ وصف زِ سُہ چھُ سیٹھا بخشن ہار (تہٕ) ہیٚمبرکر

پھیری رحم کرن وول۔

وَكَذٰلِكَ نُفَصِّلُ الْاٰيٰتِ وَلِتَسْتَبِيْنَ سَبِيْلُ
الْمُجْرِمِيْنَ ﴿٥٦﴾ ع ٥ ١٢

بیہ چھ اُسی نِشانہٕ یتھے پٲٹھو واش کڈِتھ بیان کران (یتھ حق نیرِ) تہٕ یتھ مُجرمن ہُند طریقہٕ ظٲہر سپدِ۔

قُلْ اِنِّيْ نُهِيْتُ اَنْ اَعْبُدَ الَّذِيْنَ تَدْعُوْنَ
مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ ۚ قُلْ لَّآ اَتَّبِعُ اَهْوَآءَكُمْ ۙ
قَدْ ضَلَلْتُ اِذًا وَّمَآ اَنَا مِنَ الْمُهْتَدِيْنَ ﴿٥٧﴾

تہٕ وَن (ہتمن)، زِ میہٕ چھُ آمُت سخت منع کرنہٕ زِ بہٕ کرِ ہتمن (اپزِن معبودن) ہنز عبادت یمن توہیہ اللہ (تعالےٰ) ہس ورٲے آلو کران چھو۔ تہٕ وَن (ہتمن)، بہٕ چھُس نہٕ تہنزن پس پایہٕ خواہشن ہنز پٲروی کران (اگر بہٕ تہِ کرہ، اد زٲنی تو زِ) ہتھ صوٗرتس منز سپدُس بہٕ گُمراہ تہٕ بہٕ چھُس نہٕ ہدایت لبنہٕ وٲنیو (لوکو) منز۔

قُلْ اِنِّيْ عَلٰى بَيِّنَةٍ مِّنْ رَّبِّيْ وَكَذَّبْتُمْ بِهٖ ۚ
مَا عِنْدِيْ مَا تَسْتَعْجِلُوْنَ بِهٖ ۚ اِنِ الْحُكْمُ اِلَّا
لِلّٰهِ ۚ يَقُصُّ الْحَقَّ وَهُوَ خَيْرُ الْفٰصِلِيْنَ ﴿٥٨﴾

تہٕ وَن (ہتمن)، زِ بہٕ چھُس پننس پرور دگارُن سندِ طرفہٕ اکس ٹاکارِ دلیلہِ پیٹھ قٲیم تہٕ توہیہ چھُو سے (پروردگار) اپزٕ ووٚمُت۔ یتھ کتھ متعلق توہیہ جلدی کران چھو سو چھنہٕ میہٕ نِش۔ فٲصلہٕ چھُ اللہ (تعالےٰ) سُندی بے اختیارس منز۔ سُہ چھُ پزر ونان تہٕ بیہ چھُ سُہ فٲصلہ کرنس منز سارِ دِبے کھوتہٕ جان۔

قُلْ لَّوْ اَنَّ عِنْدِيْ مَا تَسْتَعْجِلُوْنَ بِهٖ لَقُضِيَ
الْاَمْرُ بَيْنِيْ وَبَيْنَكُمْ ۚ وَاللّٰهُ اَعْلَمُ
بِالظّٰلِمِيْنَ ﴿٥٩﴾

تہٕ وَن (ہتمن)، زِ یتھ چیزس متعلق توہیہ جلدی یینژھان چھو اگر سُہ میہٕ نِش آسہِ ہے تہٕ میہٕ تہٕ توہیہ درمیان آسہِ ہے (اختلافہٕ والِہ) مسلک فٲصلہٕ (کرتھ آمُت)، سپدمُت۔ تہٕ اللہ (تعالےٰ) چھُ ظٲلمن سارِ دِبے کھوتہٕ جاؤ زانان۔ (یِتھِہ ییٚژھ تہٕ کرِ فٲصلہٕ)۔

وَعِنْدَهٗ مَفَاتِحُ الْغَيْبِ لَا يَعْلَمُهَآ اِلَّا هُوَ ۚ
وَيَعْلَمُ مَا فِي الْبَرِّ وَالْبَحْرِ ۚ وَمَا تَسْقُطُ
مِنْ وَّرَقَةٍ اِلَّا يَعْلَمُهَا وَلَا حَبَّةٍ فِيْ
ظُلُمٰتِ الْاَرْضِ وَلَا رَطْبٍ وَّلَا يَابِسٍ
اِلَّا فِيْ كِتٰبٍ مُّبِيْنٍ ﴿٦٠﴾

بیہ چھ تس نِش غٲبہٕ چہ کُنژٕ۔ تس ورٲے چھُنہٕ کانٛہہ ہتم (غٲب) زانان تہٕ یہٕ کینژھا خشکی تہٕ سمندرس منز چھُ تہٕ چھُ سُہ زانان تہٕ کانٛہہ پنہٕ وُتھر چھُنہٕ پتھر پیوان مگر سُہ چھُ تہٕ زانان تہٕ زمینہٕ چھین انہٕ گٹن منز چھُنہٕ کانٛہہ دانہٕ پھوٚل تہٕ، نہٕ کانٛہہ اوٚدُر (چیز) تہٕ نہٕ ہوٚکھ (چیز) ییٚس (تسندِس) ٹاکارِ حفاظتس منز آسہِ نہٕ۔

وَهُوَ الَّذِيْ يَتَوَفّٰىكُمْ بِالَّيْلِ وَيَعْلَمُ مَا
جَرَحْتُمْ بِالنَّهَارِ ثُمَّ يَبْعَثُكُمْ فِيْهِ
لِيُقْضٰٓى اَجَلٌ مُّسَمًّى ۚ ثُمَّ اِلَيْهِ مَرْجِعُكُمْ
ثُمَّ يُنَبِّئُكُمْ بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿٦٠﴾

تہٕ سے چھُ یُس رات کیت تہٕند رۄح قبض کران
چھُ تہٕ یہ کینژھا توہیہ دوہلہِ کران چھو تتہٕ بہٕ چھُ
زانان ۔ پتہٕ چھُو توہہ دوہلہِ تلان میتھ زِن اکہٕ مدت
یُس مقرر سُپدمُت چھُ پوٗرٕ کرنہٕ ییہ ۔ پتہٕ پتہٕ
تہٕند واپس گژھُن تسُی کُن چھُ ۔ تہٕ یہ کینژھا توہیہ
کران چھو تمیُک دِیُو سُہ خبر ۔

وَهُوَ الْقَاهِرُ فَوْقَ عِبَادِهٖ وَيُرْسِلُ
عَلَيْكُمْ حَفَظَةً ۚ حَتّٰىٓ اِذَا جَآءَ اَحَدَكُمُ
الْمَوْتُ تَوَفَّتْهُ رُسُلُنَا وَهُمْ لَا
يُفَرِّطُوْنَ ﴿٦١﴾

بیہ چھُ سُہ پننین بندن پیٹھ غالب تہٕ سُہ چھُ
توہہ پیٹھ نگران (مقرر کرِتھ) سوزان (روزان)
یوٗتانٛز زِ ییلہِ توہہ منٛز کانٛسہِ موت ییتھ رٹان چھُ
تہٕ سانٛز سوزنہٕ آمتی (ملائک) چھِہ تسند رۄح
قبض کران تہٕ تم چھِنہٕ (حکمس تعمیل کرنس منٛز)
چھوٗنبر کران ۔

ثُمَّ رُدُّوْٓا اِلَى اللّٰهِ مَوْلٰىهُمُ الْحَقِّ ۚ اَلَا لَهُ
الْحُكْمُ ۚ وَهُوَ اَسْرَعُ الْحَاسِبِيْنَ ﴿٦٢﴾

پتہٕ یِن تم اللہ (تعالیٰ) ہس کُن پھیرِتھ انہٕ ،
یُس تہٕند پوٗز وآلی چھُ ، بوزِو ! فاصلہٕ چھُ تسندِے
اختیارس منٛز تہٕ سُہ چھُ حساب ہینہٕ والین منٛز
سارِوے کھوتہٕ جلد (حساب) ہینہٕ وول ۔

قُلْ مَنْ يُّنَجِّيْكُمْ مِّنْ ظُلُمٰتِ الْبَرِّ وَ
الْبَحْرِ تَدْعُوْنَهٗ تَضَرُّعًا وَّخُفْيَةً ۚ لَئِنْ
اَنْجٰىنَا مِنْ هٰذِهٖ لَنَكُوْنَنَّ مِنَ
الشّٰكِرِيْنَ ﴿٦٣﴾

تُہ وَن (اَچھن) ، زِ توہہ کُس چھُو خشکی ہندیو تہٕ سمندر
کیو مُصیبتو بٕنشہٕ بچاوان ییلہِ توہیہ عاجزی سان تہٕ پوٚشید
پأٹھو تس آلو دِتھ وَنان چھو زِ اگر سُہ اسہٕ ییمہٕ مُصیبتہٕ
بٕنشہٕ بچاوِ تہٕ اسی سپدو ضرور شکر گذار ۔

قُلِ اللّٰهُ يُنَجِّيْكُمْ مِّنْهَا وَمِنْ كُلِّ كَرْبٍ
ثُمَّ اَنْتُمْ تُشْرِكُوْنَ ﴿٦٤﴾

تُہ وَن (دمتن) ، زِ اللہ (تعالیٰ) ہے چھُو توہہ تمہٕ
بٕنشہٕ (تہٕ) تہٕ بیہ پریتھ اکہِ اِضطرابہٕ تہٕ پریشأنی
بٕنشہٕ (تہٕ) بچاوان ۔ تمہٕ پتہٕ (تہٕ) ، چھو توہیہ شرک
کران ۔

قُلْ هُوَ الْقَادِرُ عَلٰٓى اَنْ يَّبْعَثَ عَلَيْكُمْ
عَذَابًا مِّنْ فَوْقِكُمْ اَوْ مِنْ تَحْتِ
اَرْجُلِكُمْ اَوْ يَلْبِسَكُمْ شِيَعًا وَّيُذِيْقَ
بَعْضَكُمْ بَاْسَ بَعْضٍ ۚ اُنْظُرْ كَيْفَ نُصَرِّفُ

تُہ وَن (اَتمن) ، سُہ چھُ اتھ (کتھِ) پیٹھ قادِر زِ
توہہ پیٹھ کرِ عذاب نازل توہہ پیٹھِ کنِہ یا تہٕندیو
پدیو تلہِ کنیو[۱] یا ملناوِ وُ توہہ (اکھ اکس خلاف)
پانہٕ وأنٛز ییوٗن ییوٗن ٹوٚلجن ہندس صوٗرتس منٛز

[۱] یعنے تہٕندین حکمرانن ہندِ طرفہٕ یا تہٕندین ماتحتن ہندِ طرفہٕ ۔

الْاٰيٰتِ لَعَلَّهُمْ يَفْقَهُوْنَ ﴿۶۵﴾

تہٕ تو ہِسہٕ منزٕ واتناوِ کیٚنژن ، کیٚنژن ہنٛدِ کنہٕ تکلیف ۔ وُچھ اَسہٕ کِتھہٕ پٲٹھۍ چھہِ ٹاکارٕ دلیٖلہٕ پھِرٕ پھِرِ وَنان یُتھہٕ زن تِمن فِکرِ ترِ ۔

وَكَذَّبَ بِهٖ قَوْمُكَ وَهُوَ الْحَقُّ ؕ قُلْ لَّسْتُ عَلَيْكُمْ بِوَكِيْلٍ ﴿۶۶﴾

بیہِ چھُ ژٲنۍ قومن یہِ ( مسلہٕ یعنے محمد رسول اللّٰہ صلی اللّٰہ علیہ وسلمن ہند پیغام ) اپزٕ ٹھہرومُت ۔ حالانکہ سُہ چھُ پوٚز ۔ ترٕ وَن تِمن زِ بہٕ چھُس نہٕ تُہنٛد ذمہٕ وار ۔

لِكُلِّ نَبَاٍ مُّسْتَقَرٌّ ؗ وَّسَوْفَ تَعْلَمُوْنَ ﴿۶۷﴾

پرِ یتھہٕ اکِہ پیشگوٗیی ہنٛد چھُ اکھ حد ( یعنے وقت ) مقرر آسان تہٕ توٚہۍ زانِو جلدٕے (حقیقت کیاہ چھیہ)۔

وَاِذَا رَاَيْتَ الَّذِيْنَ يَخُوْضُوْنَ فِيْۤ اٰيٰتِنَا فَاَعْرِضْ عَنْهُمْ حَتّٰى يَخُوْضُوْا فِيْ حَدِيْثٍ غَيْرِهٖ ؕ وَاِمَّا يُنْسِيَنَّكَ الشَّيْطٰنُ فَلَا تَقْعُدْ بَعْدَ الذِّكْرٰى مَعَ الْقَوْمِ الظّٰلِمِيْنَ ﴿۶۸﴾

بیہ ییٚلِ ژٕ تِم لُکھ وُچھکھ یِم سانِین آین ہنٛدِ حقہٕ بےٚ گنٛڈ کتھہٕ کران چھہِ تہٕ تتھہٕ وقتس تام روز ژٕ تِمن نِش دوٗر یتھہٕ وقتس تام تِم امہٕ ورٲے کُنہِ بییس کتھہٕ منز آوری گژھن نہٕ ۔ تہٕ اگر شیطان ژٕ یہِ مُشراوِیی دِچھ پوٚز یاد پینہٕ پتہٕ بیہہ زِ نہٕ ژٕ ظالم قومس نِش ۔

وَمَا عَلَى الَّذِيْنَ يَتَّقُوْنَ مِنْ حِسَابِهِمْ مِّنْ شَيْءٍ وَّلٰكِنْ ذِكْرٰى لَعَلَّهُمْ يَتَّقُوْنَ ﴿۶۹﴾

بیہ یِم لُکھ تقوٰی پراوان چھہِ تِہنٛد ذمہٕ چھُنہٕ تِمن ( نامناسب کتھہٕ کرن والین لُکن ) ہنٛدِ حسابُک کانٛہہ حصہٕ ۔ بلکہِ چھہِ تِہنٛدِ مٔرٕ نصیحت کرٕنۍ یُتھہٕ زن تِم (تِہ) تقوٰی پراون ۔

وَذَرِ الَّذِيْنَ اتَّخَذُوْا دِيْنَهُمْ لَعِبًا وَّلَهْوًا وَّغَرَّتْهُمُ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا وَذَكِّرْ بِهٖۤ اَنْ تُبْسَلَ نَفْسٌۢ بِمَا كَسَبَتْ ۖۗ لَيْسَ لَهَا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ وَلِيٌّ وَّلَا شَفِيْعٌ ۚ وَاِنْ تَعْدِلْ كُلَّ عَدْلٍ لَّا يُؤْخَذْ مِنْهَا ؕ اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ اُبْسِلُوْا بِمَا كَسَبُوْا ۚ لَهُمْ شَرَابٌ مِّنْ حَمِيْمٍ وَّعَذَابٌ اَلِيْمٌۢ بِمَا كَانُوْا يَكْفُرُوْنَ ﴿۷۰﴾

بیہ تراوکھ ژٕ تِم لُکھ یِمو پننس دینس گنٛدُن تہٕ تماشہٕ بنوومُت چھُ تہٕ دنیاوی زندگیہ چھہِ تِم فریبس منز تراوِتھ تھاوی متۍ ۔ بیہ کریٚمہٕ ( الٰہی کلامہٕ کِہ ) ذریعہ نصیحت یُتھہٕ ( اتھ کتھہٕ سپدِ نہٕ ) زِ کانٛہہ زوٗ پیٚیہٕ تِہنٛدِ کمٲوی متہٕ کِہ سببہٕ کِنۍ تتھہٕ کُنۍ ھلاکتس اندر ڈارِتھ دِنہٕ زِ خدایس ورٲے آسہٕ نہٕ تَسنٛد کانٛہہ مددگار تہٕ سفارش دار ۔ بیہ اگر تِم پرِ یتھہٕ اکھ (قیمتُک) بدلہٕ تہٕ دِن تہٕ تِمن نِش ییِہ نہٕ تہٕ قبوٗل کرنہٕ ۔ یِم چھہِ تِم لُکھ یِم تِہنٛزِ کمایہ ہنٛدِ سببہٕ ہلاکتس اندر تراونہٕ آیہ ۔ تِمن میلہٕ تِہنٛدِ کفرٕ کِنۍ چیٚنۍ کیٚت توت رسہر ہیوٚ آب ۔ بیہ آسکھ کرٕنیُٹھ عذاب ۔

ع ۱۰ ۱۴

قُلْ اَنَدْعُوْا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ مَا لَا يَنْفَعُنَا
وَلَا يَضُرُّنَا وَنُرَدُّ عَلٰٓى اَعْقَابِنَا بَعْدَ اِذْ
هَدٰىنَا اللّٰهُ كَالَّذِى اسْتَهْوَتْهُ
الشَّيٰطِيْنُ فِى الْاَرْضِ حَيْرَانَ ۪ لَهٗٓ
اَصْحٰبٌ يَّدْعُوْنَهٗٓ اِلَى الْهُدَى ائْتِنَا ؕ
قُلْ اِنَّ هُدَى اللّٰهِ هُوَ الْهُدٰى ؕ وَاُمِرْنَا
لِنُسْلِمَ لِرَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٧١﴾

تُہِ وَن (تِمَن)، کیا اَسی کروا اللہ (تعالےٰ) ہِس وراۓ تِس آلو یِیُٔس نہٕ اسہِ (کانٛہہ) نفع دِوان چھُہ تہٕ نہٕ چھُ ضرر واتناوان ؟ تہٕ کیا اللہ (تعالےٰ) سِندہِ ہدایت دِنہٕ پتہٕ یِموا اَسی تِس شخصہٕ سِندی پاٹھو پوٗت کھوری واپس ژھنہٕ یَس بُتھو پھری (لۄکھ) بُتراٛژ پیٹھ ڈٲلِتھ ہیتھ آسن گاہتی ؟ (تہٕ ہُہ) آسہِ حَیران (تہٕ پریشان) سپدان۔ تسنٛدی کینٛہہ سٲتھی ٲسِتہٕ بجٕ چھ تتھو یم تِس آلو دِتھ (یہ وَنان) چھ زِ اسہِ نِش وولہٕ، یُتھ ہدایت لبکھ۔ تُہِ وَن (یمن کافرن) زِ اللہ (تعالےٰ) سُندے ہدایت چھُ بےشک اصلی ہدایت تہٕ اسہِ چھُ حُکم دِنہٕ آمُت زِ اَسی کرو سارِنٕے عالمن ہندِس پروردگارِ سنٛز فرمانبرداری۔

وَاَنْ اَقِيْمُوا الصَّلٰوةَ وَاتَّقُوْهُ ؕ وَهُوَ
الَّذِىْٓ اِلَيْهِ تُحْشَرُوْنَ ﴿٧٢﴾

بیہِ (چھُ)، یہ (تہٕ ہدایت دِنہٕ آمُت) زِ نماز گرِو ساری شرط ہیتھ ادا تہٕ سُہ خدا یِنٛاویون پنٕنۍ بسپر تہٕ سُے چھُ یمِیس کُن تۄہۍ سونبراوِتھ ژھنہٕ یِیو۔

وَهُوَ الَّذِىْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ
بِالْحَقِّ ؕ وَيَوْمَ يَقُوْلُ كُنْ فَيَكُوْنُ ۬ؕ
قَوْلُهُ الْحَقُّ ؕ وَلَهُ الْمُلْكُ يَوْمَ يُنْفَخُ فِى
الصُّوْرِ ؕ عٰلِمُ الْغَيْبِ وَالشَّهَادَةِ ؕ وَهُوَ
الْحَكِيْمُ الْخَبِيْرُ ﴿٧٣﴾

بیہِ سُے چھُ یمِو آسمان تہٕ زمین حقہٕ (تہٕ حکمتہٕ) سٲتھ پاَدٕ کرِی ہتی چھ۔ بیہِ یمِہ دۄہ سُہ وَنہٕ زِ (میانہٕ منشاء مطابق، یِتھ گژھ) سپدِن (اَدٕ تتھے گژھ) سپدِ۔ تسنٛز کتھ چھیہٕ سپدِتھ روزن واجنی تہٕ یمہ دۄہ پوٗرس پھوکھ دِنہٕ ییہِ۔ حکومت آسہِ (تمہِ دۄہ) (صرف) تسُند (حاصل)۔ (سُہ) چھُ کھٹتھ تہٕ عیاں (کھتہٕ) زانن وول بیہِ چھُ سُہ حکمتہٕ وول (تہٕ) خبردار۔

وَاِذْ قَالَ اِبْرٰهِيْمُ لِاَبِيْهِ اٰزَرَ اَتَتَّخِذُ
اَصْنَامًا اٰلِهَةً ۚ اِنِّىْٓ اَرٰىكَ وَقَوْمَكَ فِىْ
ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ﴿٧٤﴾

بیہِ (گرِو یاد) یِیلہِ ابراہیمن پننِس مالس آزرس یہ وَنیاو زِ تُہِ چھُہکھا (کینٛہہ) پوٗتلی معبوٗد بناوان ؟ بہٕ چھسٕتھ تُہِ تہٕ چون قوم بنہٕ واَنہٕ گمراہی منٛز وُچھان۔

وَكَذٰلِكَ نُرِىْٓ اِبْرٰهِيْمَ مَلَكُوْتَ السَّمٰوٰتِ
وَالْاَرْضِ وَلِيَكُوْنَ مِنَ الْمُوْقِنِيْنَ ﴿٧٥﴾

بیہِ اَسی اَسو ابراہیمس تتھہٕ پاٹھو آسمانن تہٕ زمینٕس پیٹھ (پننٕز) بادشاہت ہاوان (یُتھ تسُند علم کامِل سپدِ) تہٕ یُتھ زِ سُہ یقین کرن والیو اندر سپدِ۔

فَلَمَّا جَنَّ عَلَيْهِ الَّيْلُ رَاٰ كَوْكَبًا ۚ قَالَ

(اَکھ دۄہ سپُدِ تیُتھ) زِ یِیلہِ راتھ تِس پیٹھ پھر دِ

هٰذَا رَبِّيْ ۚ فَلَمَّآ اَفَلَ قَالَ لَآ اُحِبُّ
الْاٰفِلِيْنَ ﴿٧٦﴾

تڏهن چيائين ته هي منهنجو پالڻهار آهي، پوءِ جڏهن لٿو تڏهن چيائين ته لهڻ وارن کي دوست نٿو رکان.

ترو ته تمهُ وُچھ اکھ تارکھُ۔ تمهُ وڏون، یہ چھا میون پروردگار (آسُن ممکن)؟ پیتہ ییٹلہ شُہ لوُس تہ تمهُ وڏان زِ بہ چھسکھ نہ لوسن واَلِ پسند کران۔

فَلَمَّا رَاَ الْقَمَرَ بَازِغًا قَالَ هٰذَا رَبِّيْ ۚ
فَلَمَّآ اَفَلَ قَالَ لَئِنْ لَّمْ يَهْدِنِيْ رَبِّيْ
لَاَكُوْنَنَّ مِنَ الْقَوْمِ الضَّآلِّيْنَ ﴿٧٧﴾

(تمہِ پتہٕ) ییٹلہِ تمهُ پربو تراوان زُون وُچھ تہٕ تمهُ وڏون زِ یہ چھا میون پروردگار (آسُن ممکن)؟ پتہٕ ییٹلہِ سو تہِ لوُس تہٕ تمهُ وڏون زِ اگر میون پروردگار میٛہ ہدایت دِیہ ہے نہٕ تہٕ بہٕ تہٕ آسہا ضرور گمراہن ہنزِ جماژ منزٕ۔

فَلَمَّا رَاَ الشَّمْسَ بَازِغَةً قَالَ هٰذَا رَبِّيْ
هٰذَآ اَكْبَرُ ۚ فَلَمَّآ اَفَلَتْ قَالَ يٰقَوْمِ اِنِّيْ
بَرِيْٓءٌ مِّمَّا تُشْرِكُوْنَ ﴿٧٨﴾

پتہٕ ییٹلہِ تمهُ آفتاب پربزلان وُچھ تہٕ تمهُ وڏون۔ یہ چھا میون پروردگار (آسُن ممکن)؟ یہ چھُ بلاشک سارِوے کھوتہٕ بوڈ۔ پتہٕ ییٹلہِ سُہ (تہٕ) لوُس تہٕ تمهُ وڏون زِ بیٛس، توہۍ (خدایہ سُند) شریک بناوان چھوُن بہٕ چھس تس بلکل بے زار۔

اِنِّيْ وَجَّهْتُ وَجْهِيَ لِلَّذِيْ فَطَرَ
السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ حَنِيْفًا وَّمَآ اَنَا
مِنَ الْمُشْرِكِيْنَ ﴿٧٩﴾

میٛہ پھیُر پنُن توجہ یقیناً (سارِوے) وتہٕ بِچرِو بنتھ بچان تس خدایس کُن ییٚمہِ آسمان تہٕ زمین پادٕ کرِ مہتہ پچھ تہٕ بہٕ چھس نہٕ مُشرکو اندرٕ۔

وَحَآجَّهٗ قَوْمُهٗ ۚ قَالَ اَتُحَآجُّوْٓنِّيْ فِي
اللّٰهِ وَقَدْ هَدٰىنِ ۚ وَلَآ اَخَافُ مَا
تُشْرِكُوْنَ بِهٖٓ اِلَّآ اَنْ يَّشَآءَ رَبِّيْ شَيْـًٔا ۚ
وَسِعَ رَبِّيْ كُلَّ شَيْءٍ عِلْمًا ۚ اَفَلَا
تَتَذَكَّرُوْنَ ﴿٨٠﴾

بیہ تسندی قومن پوُژھ تس سیتی بحث کرُنھ کامیاب سپدُن (تہٕ) تمهُ وڏنکھ، کیا توہۍ چھوا میٛہ سیتی اللہ (تعالیٰ) ہندِ حقہٕ بحث کران ییٚلہِ زن میٛہ تمهُ پانہٕ چھُ ہدایت دِیُمت؟ تہٕ بیٛس توہۍ اللہ (تعالیٰ) سُند شریک بناوان چھوُن بہٕ چھس نہٕ تس کھوژان۔ بے شک! ہرگاہ میون پروردگار کُنہِ کتھہٕ ہُند اِرادٕ کرِ (تہٕ تس چھس کھوژان) میانِ پروردگارن چھُ پریتھ اُکس چیزس عِلمہٕ سیتی احاطہٕ کوُرمُت۔ ادٕ کیا توہہِ چھُوٛ نا فِکرِ تران؟

وَكَيْفَ اَخَافُ مَآ اَشْرَكْتُمْ وَلَا تَخَافُوْنَ
اَنَّكُمْ اَشْرَكْتُمْ بِاللّٰهِ مَا لَمْ يُنَزِّلْ بِهٖ
عَلَيْكُمْ سُلْطٰنًا ۚ فَاَيُّ الْفَرِيْقَيْنِ اَحَقُّ
بِالْاَمْنِ ۚ اِنْ كُنْتُمْ تَعْلَمُوْنَ ﴿٨١﴾

تہٕ بہٕ کتھ پاٹھۍ ہیکہٕ کھوژِتھ تتھ (چیزس) بیٛس توہۍ (خدایہ سُند) شریک بناوان چھوُن؟ ییٚلہِ زن توہۍ چھوُ نہٕ تتھ (چیزس) اللہ تعالیٰ سُند شریک بناونس کھوژان ییتھ متعلق تمۍ توہہِ

پيٺ ڪا تنهن دليل نازل ڇنهن ڪري ٿو، لهذا اگر توهي دکيٿو، عِلم ٿهاوان ڇهو ٿيلي (ٻنهي ٽري) اسي دهيو فريقيو مثز ڪُش اکهه ڇهو امنڪ (يعني امنس مثز روزنڪ) جاءِ حقدار؟

اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَلَمْ يَلْبِسُوْٓا اِيْمَانَهُمْ بِظُلْمٍ اُولٰٓئِكَ لَهُمُ الْاَمْنُ وَهُمْ مُّهْتَدُوْنَ ﴿٨٢﴾ ٩ ع ١٥

يمو لوکو ايمان اون ته ٿمو رلوو ته ٻين ايمان ظُلمس سيتو، تميتي لوکن هندِ خاطر ڇهُ امن (مقدر) ته تمي ڇهِ هدايت لبن وآلي.

وَتِلْكَ حُجَّتُنَآ اٰتَيْنٰهَآ اِبْرٰهِيْمَ عَلٰى قَوْمِهٖ ۭ نَرْفَعُ دَرَجٰتٍ مَّنْ نَّشَآءُ ۭ اِنَّ رَبَّكَ حَكِيْمٌ عَلِيْمٌ ﴿٨٣﴾

ته يه آس سانهِ طرفه (دنه آمهژ اکهه) دليل (اوسه) اسي ابراهيمس تنهدس قومس خلاف هيڇهنا و مثز آس. اُسي يس ييڙهان ڇهن درجن منز ڇهن تهزراون. ڇوان پروردگار ڇهُ بي ٿنک حکمته دول (ته) زبر پاٺهو زانن دول.

وَوَهَبْنَا لَهٗٓ اِسْحٰقَ وَيَعْقُوْبَ ۭ كُلًّا هَدَيْنَا ۚ وَنُوْحًا هَدَيْنَا مِنْ قَبْلُ وَمِنْ ذُرِّيَّتِهٖ دَاوٗدَ وَسُلَيْمٰنَ وَاَيُّوْبَ وَيُوْسُفَ وَمُوْسٰى وَهٰرُوْنَ ۭ وَكَذٰلِكَ نَجْزِي الْمُحْسِنِيْنَ ﴿٨٤﴾

ته اسِ اُسي تس (يعني ابراهيمس) اسحاق ته يعقوب عطا کري اِتي. اسِ اوس (تمن) سارني هدايت دِتيمت. (ته امِ برونهٺ اوس) اسِ نوحس ته هدايت دِتيمت ته تنهندِ (يعني ابراهيمه سندو) اولادو منز داودس ته سليمانس ته ايوبس ته يوسفس ته موسى هس ته هارونس (ته اوس اسِ هدايت دِتيمت) ته يتهي پاٺهو ڇه اُسي زبر پاٺهو ڪام ڪرن والين بدله دِوان.

وَزَكَرِيَّا وَيَحْيٰى وَعِيْسٰى وَاِلْيَاسَ ۭ كُلٌّ مِّنَ الصّٰلِحِيْنَ ﴿٨٥﴾

بيه (اوس)، زکريا هس ته يحيى هس ته عيسى هس ته الياسس ته (هدايت دِتيت مُت، يم (سارِي) اُسي نيڪو منز.

وَاِسْمٰعِيْلَ وَالْيَسَعَ وَيُوْنُسَ وَلُوْطًا ۭ وَكُلًّا فَضَّلْنَا عَلَى الْعٰلَمِيْنَ ﴿٨٦﴾

بيه (اوس) اسماعيلس، ته اَليَسَعَ هس ته يونسس ته لوطس (ته هدايت دِتيمت) بيه آس اسِ يمن سارني تمام عالمن پيٺهه فضيلت دِژمهژ.

وَمِنْ اٰبَآئِهِمْ وَذُرِّيّٰتِهِمْ وَاِخْوَانِهِمْ ۚ وَاجْتَبَيْنٰهُمْ وَهَدَيْنٰهُمْ اِلٰى صِرَاطٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿٨٧﴾

بيه تهندين جدن اجدادن ته تهندين اولادن ته تهندين باين ته (اوس اسِ هدايت دِتيمت) ته اسِ اُسي تم ژاري هتو ته تمن آس اسِ سيڌس وته کن رهبري ڪرمهژ.

ذٰلِكَ هُدَى اللّٰهِ يَهْدِيْ بِهٖ مَنْ

الله (تعالى)، سندِ هدايت دِنڪ طريقه ڇهُ يهو يه

يَشَآءُ مِنْ عِبَادِهٖ ؕ وَلَوْ اَشْرَكُوْا لَحَبِطَ
عَنْهُمْ مَّا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿٨٨﴾

ڏيکاري ٿو، جنهن کي پنهنجي ٻانهن مان گهري ۽ جيڪڏهن هي (انبياء به) شرڪ ڪن ها ته هنن جا ڪيل سڀ عمل برباد ٿي وڃن ها.

يثميه کيه ذُرليعيه سُر پنهنو بندو منڙيس يبڙهان چهُ تس چهُ وٺهه ٺادان ته اگر بتم شرڪ ڪرهن تو ٻيم ڪيڻه اعمال بتم ڪران آسو (ٽم)، ڪرٺه هنكه اسڀ سيتو ضايئع -

اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ اٰتَيْنٰهُمُ الْكِتٰبَ وَ
الْحُكْمَ وَ النُّبُوَّةَ ۚ فَاِنْ يَّكْفُرْ بِهَا
هٰٓؤُلَآءِ فَقَدْ وَكَّلْنَا بِهَا قَوْمًا لَّيْسُوْا
بِهَا بِكٰفِرِيْنَ ﴿٨٩﴾

تمے لوکه پچهه يمن اسه کتاب ته فاملهه کرنځ زالکاری ته نبوت ذڙ ميڙ اس۔ اڈ اگر يم لوکه اميک (يعنے نبوتک) انکار کرن ته اسه چهيئے سو اکس (ڻييس) قومس (يعنے مسلمانن)، حوالهه کرُ ميڙ يم اميکو منکر پچهنه -

اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ هَدَى اللّٰهُ فَبِهُدٰىهُمُ
اقْتَدِهْ ؕ قُلْ لَّآ اَسْئَلُكُمْ عَلَيْهِ اَجْرًا ؕ اِنْ
هُوَ اِلَّا ذِكْرٰى لِلْعٰلَمِيْنَ ﴿٩٠﴾ ع ٨/١٦

يمنے (پيٹهه کته ذکر کرنه آمتين لوکن) ديت الله (تعالى) هن هدايت لهذا کر ژ تهند هدايچ پيّروی ته ون بتمن زِ به چهسو نه توہه اتهه پيٹهه کانهه منزوري منگان۔ يه ہے چهيئه تمام عالمن هندِ خاطرِ صرف اکه نصيحت۔

وَمَا قَدَرُوا اللّٰهَ حَقَّ قَدْرِهٖۤ اِذْ قَالُوْا
مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ عَلٰى بَشَرٍ مِّنْ شَيْءٍ ؕ قُلْ مَنْ
اَنْزَلَ الْكِتٰبَ الَّذِيْ جَآءَ بِهٖ مُوْسٰى نُوْرًا
وَّهُدًى لِّلنَّاسِ تَجْعَلُوْنَهٗ قَرَاطِيْسَ
تُبْدُوْنَهَا وَتُخْفُوْنَ كَثِيْرًا ۚ وَعُلِّمْتُمْ مَّا
لَمْ تَعْلَمُوْۤا اَنْتُمْ وَلَاۤ اٰبَآؤُكُمْ ؕ قُلِ
اللّٰهُ ۙ ثُمَّ ذَرْهُمْ فِيْ خَوْضِهِمْ
يَلْعَبُوْنَ ﴿٩١﴾

بيه ٺيليه بتمو يه کنهه ونيايه زِ الله (تعالى) هن کوز نه کانسی بندس پيٹهه کينهه ته نازِل ته بتمو لوکو اوس نه الله (تعالى) تُند (يعنے تسندن صفاتن هندا اندازٖ بتهه کُنز کورُت پتهه کُنز کرُن پزِ ہے . ٿو ون دتمن)، زِ سو کتاب يوسه موسىٰ هن اُنہ ميڙ اُس ته سو اُس لوکن هندِ باپتهه نور ته هدايت۔ سو کُمُ اُس نازِل کرُ ميڙ ؟ توہی چهوون سو ورقه ورقه کران توہی چهوون سو ظاہر (ته) کران ته (تمه منز) چهو وارياه (حصه) کهٹان (ته) حالانکه توہه چهو ته (اکينزها)، ہيچهناونه آمُت يه نه توہی زانان اسو وُ ته نه آسی، تهندی جد اجداد (زانان)، ٿو ون دتمن، زِ الله (تعالى) هن (يمه اُس سو نازِل کرُ ميڙ) ييته ترأو لوکه بتم تهندِس ايزِس منز گينده وزی۔

وَهٰذَا كِتٰبٌ اَنْزَلْنٰهُ مُبٰرَكٌ مُّصَدِّقُ
الَّذِيْ بَيْنَ يَدَيْهِ وَلِتُنْذِرَ اُمَّ

بيه چهُ يه (قرآن)، اکه (تهدِ شانه واجنز) کتاب۔ يوسه اسه نازِل کرُ ميڙ چهيئه (ته سو) چهه برکژو سيتو

الْقُرٰى وَ مَنْ حَوْلَهَا ؕ وَ الَّذِيْنَ
يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ يُؤْمِنُوْنَ بِهٖ وَ
هُمْ عَلٰى صَلَاتِهِمْ يُحَافِظُوْنَ ۝۹۲

بُرتِھ تہٕ یُسٕ (کلام)، امہٕ برونٹھ اوس تتھ پچھیہ پوٗر
کرن واجنۍ (تہٕ اسہٕ پچھیہ اوٚکنۍ ناژِل کرمُت)
نہٕ تہٕ دِکھ امہٕ ڈسی لُوکن ہدایت) تہٕ مُیتھ زن تہٕ
اُمُّ الْقُرٰى (یعنے مکہٕ روزن وٲل) بیہ یم تتھ اُندکی
نکھ (روزان) چھہِ خبردار کرہکھ۔ تہٕ یم لوٗکھ پتہٕ
پتہٕ واجنلین (وعدٕ دنہٕ آمژن کتھن) پٮ۪ٹھ ایمان
انان چھہِ بتم چھہ تتھ (کتابہٕ یعنے قرآنس) پٮ۪ٹھ (تہٕ)
ایمان انان۔ بیہ چھہِ بتم پننین نمازن ہُند تہٕ ہمیشہ
خیال تھاوان۔

وَمَنْ اَظْلَمُ مِمَّنِ افْتَرٰى عَلَى اللّٰهِ كَذِبًا
اَوْ قَالَ اُوْحِيَ اِلَيَّ وَلَمْ يُوْحَ اِلَيْهِ شَيْءٌ
وَّمَنْ قَالَ سَاُنْزِلُ مِثْلَ مَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ ؕ
وَلَوْ تَرٰٓى اِذِ الظّٰلِمُوْنَ فِيْ غَمَرٰتِ
الْمَوْتِ وَالْمَلٰٓئِكَةُ بَاسِطُوْٓا اَيْدِيْهِمْ ۚ
اَخْرِجُوْٓا اَنْفُسَكُمْ ؕ اَلْيَوْمَ تُجْزَوْنَ
عَذَابَ الْهُوْنِ بِمَا كُنْتُمْ تَقُوْلُوْنَ عَلَى
اللّٰهِ غَيْرَ الْحَقِّ وَكُنْتُمْ عَنْ اٰيٰتِهٖ
تَسْتَكْبِرُوْنَ ۝۹۳

بیہ کُس ہیکہٕ تس شخصہٕ سندِ کھوتہٕ جادٕ ظالم آستھ
یُس زاٚنتھ مانتھ اللہ (تعالےٰ) ہس پٮ۪ٹھ اپز نوٚو
رٲوِتھ تھوٚ) یا یہ ونہٕ زِ میہ پٮ۪ٹھ چھہِ وُحی (ناژِل)
کرنہٕ آمژ۔ ییلہ زن تس پٮ۪ٹھ وحی آسہٕ نہٕ (ناژِل)
کرنہٕ آمژ۔ تہٕ یتھے کنۍ تس شخصہٕ سندِ کھوتہٕ
(جادٕ ظالم کُس ہیکہٕ آستھ) یُس یہ ونان چھُ زِ
یہ کینژھا اللہ (تعالےٰ) ہن ناژِل کوٚرمُت چھُ بہٕ
تہٕ کرہٕ بےشک تیتھے (کلام) ناژِل۔ بیہ اگر تہٕ
(سُہ وقت) وُچھکھ ییلہٕ ظالم موتہٕ کہن کرکھین
منز آورنہٕ یین تہٕ ملائیک آسن (یہ ونان) پننۍ
اتھہٕ داران زِ پننۍ زُو کڈِیوکھ نیبر۔ یہ کینژھا
توٚہۍ اللہ (تعالےٰ) ہس متعلق ناحقہٕ ونان اُسِوٚ
بیہ یہ زن توٚہۍ تسندین آین ہندِ حقہٕ تکبرس
اُسِو کام ہیوان، تمہٕ کنۍ ہیوٚ توہہ از رُسوائی
ہُند عذاب دنہٕ۔ (تہٕ ترٕیہ ہیٚ اکھ ہیبہٕ کرٕ وُن
نظارہٕ بوزنہٕ)

وَلَقَدْ جِئْتُمُوْنَا فُرَادٰى كَمَا خَلَقْنٰكُمْ
اَوَّلَ مَرَّةٍ وَّتَرَكْتُمْ مَّا خَوَّلْنٰكُمْ وَرَآءَ
ظُهُوْرِكُمْ ۚ وَمَا نَرٰى مَعَكُمْ شُفَعَآءَكُمُ
الَّذِيْنَ زَعَمْتُمْ اَنَّهُمْ فِيْكُمْ شُرَكٰٓؤُا ؕ
لَقَدْ تَّقَطَّعَ بَيْنَكُمْ وَضَلَّ عَنْكُمْ مَّا

بیہ (تمہٕ وزِ ونو اُسی زِ) تیٚھکنۍ اسہٕ توٚہۍ گوڈنکہٕ
لٹہٕ پٲدٕ کرٕنیوٚ (تتھے کنۍ) چھو توٚہۍ (ووٚنۍ)
اسہٕ نِش کُنۍ کُنۍ زُنۍ وٲتۍ ہتۍ۔ تہٕ یہ کینژھا اسہٕ
توہہ احسانہٕ رنگہٕ دیمُت اوسوٚ تہٕ چھُو توہہ پننین
تھٔرن پتھ کُنۍ ترووُمت تہٕ (یہ کیا کتھ چھیہٕ زِ)

كُنْتُمْ تَزْعُمُوْنَ ﴿٩٤﴾

ع ١١ ٤ ١٧ اُسي پڇنهِ وڃان از تهنجي تم سفارش در ته هيه سلسلو (ڳيهندي ختم) توهين آسين دعويٰ ڪران ٿي تم ڇه تو هيه (پنهنجو حڪومت ڪرنس) منجهه (خدايه سنڌي) شريڪ. تهنجي پاڻ وانگي رشتو ڇڏي (وڃي) بلڪل ٽٽي هيو ته يه ڪيئڙها توهين وِنان آسين ته دسوڙے) ڇڏ تو هيه نش روومت.

إِنَّ اللّٰهَ فَالِقُ الْحَبِّ وَالنَّوٰى ۖ يُخْرِجُ الْحَيَّ مِنَ الْمَيِّتِ وَمُخْرِجُ الْمَيِّتِ مِنَ الْحَيِّ ۚ ذٰلِكُمُ اللّٰهُ فَأَنّٰى تُؤْفَكُوْنَ ﴿٩٥﴾

الله (تعاليٰ) ڇڏ ٻجي ٻاڪو ڦاٽڻ ته آکين ڦاڙ ناوَن وول. سه ڇڏ موردس نش زنده ڪڍان ته زندس نش ڇڏ مورده ڪڍن وول. تهنجو الله (تعاليٰ) ڇڏ يه. لهذا وُڏي تو توهين ڪِته ڪُنِ ڇهو ڦرِته بنته يوان؟

فَالِقُ الْإِصْبَاحِ ۚ وَجَعَلَ الَّيْلَ سَكَنًا وَّالشَّمْسَ وَالْقَمَرَ حُسْبَانًا ۚ ذٰلِكَ تَقْدِيْرُ الْعَزِيْزِ الْعَلِيْمِ ﴿٩٦﴾

سه ڇڏ صُبحس نوَن ڪڍن وول ته تمي ڇه رات آرامڪ باعث بناوِمِٽ ته آفتاب ته زُون ڇهن حسابڪ ذريعه بناوِي هيو. يه اندازه ڇڏ تسنديس غالب (ته) سبهڌاه زانن وول ڇڏ.

وَهُوَ الَّذِيْ جَعَلَ لَكُمُ النُّجُوْمَ لِتَهْتَدُوْا بِهَا فِيْ ظُلُمٰتِ الْبَرِّ وَالْبَحْرِ ۗ قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ ﴿٩٧﴾

بيه ڇڏ سے ييمي تهنجه باپته تارکه پاڌ ڪُري هيو ڇه ييته زن توهين خشڪي هندين ته سمندرڪين مشڪلاتن منز وتهِ هندپے لَبو. اسه ڇه علمه والِه قومه باپته نشانه وهڙهناوِتهه بيان ڪُري هيو.

وَهُوَ الَّذِيْٓ اَنْشَاَكُمْ مِّنْ نَّفْسٍ وَّاحِدَةٍ فَمُسْتَقَرٌّ وَّمُسْتَوْدَعٌ ۗ قَدْ فَصَّلْنَا الْاٰيٰتِ لِقَوْمٍ يَّفْقَهُوْنَ ﴿٩٨﴾

بيه ڇڏ سے ييمي توهين اکي زُو نِشه پاڌ ڪُري هيو ڇهو. پته ڇه تمي (تهنجه باپته) اکه عارضي روزان جاے ته اکه زيٺه مُدته خاطره روزان جاے مقرر ڪُرمِٽ. اسه ڇه فڪر ترن والين لوڪن هنده خاطره نشانه وهڙهناوِتهه بيان ڪُري هيو.

وَهُوَ الَّذِيْٓ اَنْزَلَ مِنَ السَّمَآءِ مَآءً ۚ فَاَخْرَجْنَا بِهٖ نَبَاتَ كُلِّ شَيْءٍ فَاَخْرَجْنَا مِنْهُ خَضِرًا نُّخْرِجُ مِنْهُ حَبًّا مُّتَرَاكِبًا ۚ وَمِنَ النَّخْلِ مِنْ طَلْعِهَا قِنْوَانٌ دَانِيَةٌ وَّجَنّٰتٍ مِّنْ اَعْنَابٍ وَّالزَّيْتُوْنَ وَالرُّمَّانَ مُشْتَبِهًا وَّغَيْرَ مُتَشَابِهٍ ۗ

بيه ڇڏ سے ييمي آسمانه پيٺهه آب وولمت ڇڏ پته (وُڇهو ڪِته ٻاڪو) ڇه اسه امه ڪِه ذريعه پرته ڇيزڪ ووپڏاو پاڌه ڪوِرمت بيه ڇڏ تمه ڪِه ذريعه فصل پاڌه ڪوِرمت ييته اُسي (هيلين منز) پيوهڻس پيٺه پهلو ڪڍان ڇه. بيه ڇه کهنزه ڪلبو منز ييني تمه ڪهو جامو منزه بون ڪن اويزانه کهنزه (ترونگي) ڪڍان.

اُنْظُرُوْٓا اِلٰى ثَمَرِهٖٓ اِذَآ اَثْمَرَ وَيَنْعِهٖ ۭ
اِنَّ فِيْ ذٰلِكُمْ لَاٰيٰتٍ لِّقَوْمٍ يُّؤْمِنُوْنَ ۝٩٩

بیہ پچھ وُچھن ہندر، زیتُونکی تہٕ دانن ہندی تھو باغ (لکھاوان)، یمو منزٕ کینٛہہ پانہٕ وانی اکھ اکس ہوِی چھ تہٕ (کینٛہہ) مختلف چھ۔ یٚیلہِ (تمو اندرٕ پرٕ بتھ قسمہٕ کس کٔس) میوٕ نیران چھُ تہٕ تمیک میوٕ تہٕ تمیک پَٔن گرٕتھ وُچھن۔ تتھ اندر چھ ایمان انن والین ہندِ باپتھ بے شک (واراہ) نشانہٕ۔

وَجَعَلُوْا لِلّٰهِ شُرَكَاۗءَ الْجِنَّ وَخَلَقَهُمْ
وَخَرَقُوْا لَهٗ بَنِيْنَ وَبَنٰتٍۢ بِغَيْرِ
عِلْمٍ ۭ سُبْحٰنَهٗ وَتَعٰلٰى عَمَّا يَصِفُوْنَ ۝١٠٠ ع ١٢/٨

بیہ چھِ تمو اللہ (تعالیٰ) ہس سیتی جنو اندرٕ شریک مقرر کٔری متی۔ یٚیلہ زن تمیٚ (خدائن) تم پٲدٕ کٔری متی چھ تہٕ تمو چھ تسندِ حقہٕ زانٕنے کرنے ابزی پٲٹھو، نیچوی تہٕ کورِ بناوی مُتھرٕ سُہ چھُ پاک تہٕ یہ کینٛژھا تم بیان کران چھ تمہِ بٔتھ چھُ سُہ (تھوٚد تہٕ) بالا۔

بَدِيْعُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۭ اَنّٰى يَكُوْنُ لَهٗ
وَلَدٌ وَّلَمْ تَكُنْ لَّهٗ صَاحِبَةٌ ۭ وَخَلَقَ كُلَّ
شَيْءٍ ۚ وَهُوَ بِكُلِّ شَيْءٍ عَلِيْمٌ ۝١٠١

آسمانن ہُند تہٕ زمینُک چھُ (سُہ) بلا نمونہٕ پٲدٕ کرن وول۔ تس کتھ پٲٹھو ہیکہِ نیچو آسِتھ؛ یٚیلہ زن تس کانٛہہ آشنہٕ آس نہٕ۔ بیہ تمیٚ چھُ پرٕ بتھ اکھ چیز پٲدٕ کۆرمُت تہٕ سُہ چھُ پرٕ بتھ کانٛہہ کتھ زانان۔

ذٰلِكُمُ اللّٰهُ رَبُّكُمْ ۚ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۚ خَالِقُ كُلِّ
شَيْءٍ فَاعْبُدُوْهُ ۚ وَهُوَ عَلٰي كُلِّ شَيْءٍ وَّكِيْلٌ ۝١٠٢

یہ چھُ تُہند اللہ (تعالیٰ) یُس تُہند پروردگار (تہٕ) چھُ۔ تس سوا چھُنہٕ کانٛہہ معبود۔ سُہ چھُ پرٕ بتھ کانٛہہ چیزٕ پٲدٕ کرن وول۔ لہٰذا کرِو تمیٚ سٕنٛز عبادت بیہ چھُ سُہ پرٕ بتھ کنہِ (چیزس) پیٹھ نگران۔

لَا تُدْرِكُهُ الْاَبْصَارُ ۡ وَهُوَ يُدْرِكُ الْاَبْصَارَ ۚ
وَهُوَ اللَّطِيْفُ الْخَبِيْرُ ۝١٠٣

نظرٕ چھنہٕ تس تام واتتھ ہیکان مگر سُہ چھُ نظرن تام[1] واتان بیہ چھُ سُہ مہربٲنی کرن وول (تہٕ) حقیقت زانن وول۔

قَدْ جَاۗءَكُمْ بَصَاۗىِٕرُ مِنْ رَّبِّكُمْ ۚ فَمَنْ
اَبْصَرَ فَلِنَفْسِهٖ ۚ وَمَنْ عَمِيَ فَعَلَيْهَا ۭ وَ
مَآ اَنَا عَلَيْكُمْ بِحَفِيْظٍ ۝١٠٤

تُہندس پروردگارٕ سٕنٛدِ طرفہٕ چھیٚ دلیلہٕ آمژٕ۔ اَدٕ یمیٚ (تم) زانہٕ۔ تس آسہِ (تسنٛدٕ یہ کار) پننہٕ (فٲیدٕ) خٲطرٕ تہٕ یمیٚ ہجر (پرٛوو) تس کھسہِ

[1] یعنی انسان ہیکہِ نہٕ پننہٕ علمہٕ کہٕ زورٕ خدائس وُچھتھ۔ مگر اللہ (تعالیٰ) چھُ پننہٕ فضلہٕ سیتی انسانس نزدیک یتھ پننہٕ دیدار کرناوان۔

(تسُنٛد یہ کار) پانٕنے بارٕ- بیہ تہٕ چھُس نہٕ تِہنٛز حفاظت کرن وول۔

وَكَذٰلِكَ نُصَرِّفُ الْاٰيٰتِ وَلِيَقُوْلُوْا دَرَسْتَ وَلِنُبَيِّنَهٗ لِقَوْمٍ يَّعْلَمُوْنَ ۝۱۰۵

تہٕ یِتھے پٲٹھۍ چھِہ اَسۍ رنٛگہٕ رنٛگہٕ طریقو آیژ پھیرِ پھیرِ انان۔ (یِتھ ہِمن ییٚنِہ حُجّت سیدٕ) بیہ یُتھ ہِم (یہ) ونن زِ ژےٚ چھُٹ پۆرمُت (یعنے پرِتھ بوزنومُت تہٕ حجّت پُوٗرٕ گژھِہ) بیہ یُتھ اَسۍ یہ علمہٕ والِہ قومہٕ (کرِ فائیدٕ) باپتھ بیان کرو۔

اِتَّبِعْ مَآ اُوْحِيَ اِلَيْكَ مِنْ رَّبِّكَ ۚ لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ ۚ وَاَعْرِضْ عَنِ الْمُشْرِكِيْنَ ۝۱۰۶

یہ کینٛژھا چاٲنِس پروردگارٕ سنٛدِ طرفہٕ ژےٚ پیٚٹھ نازل کرنہٕ یوان چھُہ تمیچ کر پیٲروی۔ تس ورٲے (بیہ) کانٛہہ معبوٗد تہٕ ژٕ پھیر مشرکو کِنہٕ بُتھ۔

وَلَوْ شَآءَ اللّٰهُ مَآ اَشْرَكُوْا ۗ وَمَا جَعَلْنٰكَ عَلَيْهِمْ حَفِيْظًا ۚ وَمَآ اَنْتَ عَلَيْهِمْ بِوَكِيْلٍ ۝۱۰۷

بیہ اگر اللہ (تعالیٰ) یژھِہ ہے تہٕ ہِم کرِہن نہٕ شِرک تہٕ اسہِ کوٗرکھ نہٕ ژٕ ہِمن پیٚٹھ محافظ مُقرر تہٕ نہٕ چھُکھ ژٕ ہِمن پیٚٹھ نگران۔

وَلَا تَسُبُّوا الَّذِيْنَ يَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ فَيَسُبُّوا اللّٰهَ عَدْوًاۢ بِغَيْرِ عِلْمٍ ۗ كَذٰلِكَ زَيَّنَّا لِكُلِّ اُمَّةٍ عَمَلَهُمْ ۠ ثُمَّ اِلٰى رَبِّهِمْ مَّرْجِعُهُمْ فَيُنَبِّئُهُمْ بِمَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ۝۱۰۸

بیہ مہٕ وٚلِو توٚہۍ ہِمن بد رد یِمن ہِم اللہ (تعالیٰ) ہس ورٲے (دُعاہن مشرٕ) آلو دوان چھِہ۔ نتہٕ ونن ہِم دشمن بٕنِتھ جہالتہٕ کِہ باعثہٕ اللہ (تعالیٰ) ہس بد رد۔ یِتھ پٲٹھۍ چھِہ اسہِ پرٕ ہتھ اکہٕ قومہٕ باپتھ تِہنٛدۍ اعمال خوبصورت کٔرِتھ ہاوۍ ہِتۍ۔ پتہٕ چھُہ ہِمن پننِس پروردگارس کُن پھیرِتھ گژھُن یتھ پیٚٹھ سُہ ہِمن تمیچ خبر کرِ یہ ہِم کران آسۍ۔

وَاَقْسَمُوْا بِاللّٰهِ جَهْدَ اَيْمَانِهِمْ لَئِنْ جَآءَتْهُمْ اٰيَةٌ لَّيُؤْمِنُنَّ بِهَا ۚ قُلْ اِنَّمَا الْاٰيٰتُ عِنْدَ اللّٰهِ وَمَا يُشْعِرُكُمْ ۙ اَنَّهَآ اِذَا جَآءَتْ لَا يُؤْمِنُوْنَ ۝۱۰۹

بیہ چھُہ تِمو اللہ (تعالیٰ) سنٛدۍ پوٚختہٕ قسم کھیٚمتۍ زِ اگر ہِمن بِنِہ کانٛہہ نشانہٕ ییہ تہٕ ہِم کرن تتھ ضروٗر قبوٗل۔ ژٕ وَن (ژٕ مومنن) زِ نشانہٕ (دِنہٕ) چھِہ اللہ (تعالیٰ) ہس بنِہ تہٕ سُہ چیز تہٕ لیُس توٚہہ باوِو، زِ ییٚلِہ ہِم (نشانہٕ) ییٚن تہٕ ہِم (لُکھ) انن نہٕ (توتہٕ) ایمان۔

وَنُقَلِّبُ اَفْـِٕدَتَهُمْ وَاَبْصَارَهُمْ كَمَا لَمْ يُؤْمِنُوْا بِهٖٓ اَوَّلَ مَرَّةٍ وَّنَذَرُهُمْ فِيْ طُغْيَانِهِمْ يَعْمَهُوْنَ ۝۱۱۰

تہٕ اَسۍ پھیروکھ تِہنٛدۍ دل تہٕ تِہنٛزٕ اَچھ امہِ باعثہٕ زِ ہِمو اوٚن نہٕ تتھ (وحیہ) پیٚٹھ گوڈنچہ لٹہٕ ایمان تہٕ ہِم ترا وۆکھ تِہنٛزن سرکشین منٛز وتہٕ ڈلوٕنۍ۔

۱۳ ع ۱۰ ۱۹

وَلَوْ اَنَّنَا نَزَّلْنَآ اِلَيْهِمُ الْمَلٰٓئِكَةَ وَ
كَلَّمَهُمُ الْمَوْتٰى وَحَشَرْنَا عَلَيْهِمْ كُلَّ
شَيْءٍ قُبُلًا مَّا كَانُوْا لِيُؤْمِنُوْٓا اِلَّآ اَنْ
يَّشَآءَ اللّٰهُ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَهُمْ
يَجْهَلُوْنَ ﴿۱۱۱﴾

بیہ ہرگاہ اُسی تِمن پیٹھ مُلایک نازِل کرہوٗ تہٕ موٗردٕ کرہن تِمن سیتی کلام تہٕ پرِتھ کانٛہہ چیز کرہو اُسی تِمن بروٚنٛھہٕ کتہٕ اتادٕ۔ توتہٕ اتہٕ ہن نہٕ تِم اللّٰہ (تعالٰے) سٕندِ یژھنہٕ ورٲیِ ایمان۔ بلکہ چھِ تِمو منٛزٕ واریاہ جاہِل۔

وَكَذٰلِكَ جَعَلْنَا لِكُلِّ نَبِيٍّ عَدُوًّا
شَيٰطِيْنَ الْاِنْسِ وَالْجِنِّ يُوْحِيْ
بَعْضُهُمْ اِلٰى بَعْضٍ زُخْرُفَ الْقَوْلِ
غُرُوْرًا ؕ وَلَوْ شَآءَ رَبُّكَ مَا فَعَلُوْهُ
فَذَرْهُمْ وَمَا يَفْتَرُوْنَ ﴿۱۱۲﴾

بیہ آسی اسہٕ ییٚتھے پٲٹھۍ انسانو تہٕ جنّو منٛزٕ شیطان پرِتھ اُکس نبی سٕندی دشمن بنٲوی متی۔ تِمو منٛزٕ چھِ کیٚنہہ کیٚنژن دوکھہٕ دِنہٕ باپتھ (تِہندین دِلن منٛز) بدخیال تراوان۔ یوسہٕ خٲلی ناو باوٕچ کتھ چھیٚیہ آسان، تہٕ ہرگاہ چون پروردگار یژھِ ہے تہٕ تِم کرہن نہٕ ییٚتھکنۍ! اوٚتھکنۍ کرکھ تِم تہٕ تہٕ تِہنٛد اپٕز تہٕ نظر انداز۔

وَلِتَصْغٰٓى اِلَيْهِ اَفْـِٕدَةُ الَّذِيْنَ لَا
يُؤْمِنُوْنَ بِالْاٰخِرَةِ وَلِيَرْضَوْهُ وَ
لِيَقْتَرِفُوْا مَا هُمْ مُّقْتَرِفُوْنَ ﴿۱۱۳﴾

تہٕ خدا (تعالٰے)، ہن چھِ بیہ اوٚتھکنۍ یوٚژھمت) ییٚتھ زِن قیامتس پیٹھ ایمان نہٕ انن والین ہندی دل (تِہندیو اعمالو کِنۍ) یژھِ نے کھتھن کُن تِمن تہٕ ییٚتھ تِم یہ (یعنے اپٕز) پسند کرن ہن تہٕ ییٚتھ تِم پننین اعمالن ہنٛد نتیجہ وُچھن۔

اَفَغَيْرَ اللّٰهِ اَبْتَغِيْ حَكَمًا وَّهُوَ
الَّذِيْٓ اَنْزَلَ اِلَيْكُمُ الْكِتٰبَ
مُفَصَّلًا ؕ وَالَّذِيْنَ اٰتَيْنٰهُمُ الْكِتٰبَ
يَعْلَمُوْنَ اَنَّهٗ مُنَزَّلٌ مِّنْ رَّبِّكَ
بِالْحَقِّ فَلَا تَكُوْنَنَّ مِنَ
الْمُمْتَرِيْنَ ﴿۱۱۴﴾

(تہٕ ونکھ)، کیا بہٕ ژھانڈٕ نا اللّٰہ (تعالٰے) ہس ورٲیِ بیاکھ کانٛہہ فٲصلہٕ کرن وول؟ ییٚلہِ زِن تِمۍ تُہہِ پیٹھ ٹاکارٕ کتاب سوٗزمٕژ چھیٚیہ۔ تہٕ یِمن اسہٕ کتاب دِژمٕژ چھیٚیہ تِم چھِ زانان زِ سو چھیٚیہ پزرٕ سان چانِس پروردگارٕ سٕندِ طرفہٕ نازِل کرنہٕ آمٕژ۔ لہٰذا مہٕ بن ژٕ جگڑٕ کرن والیو منٛزٕ۔

وَتَمَّتْ كَلِمَتُ رَبِّكَ صِدْقًا وَّعَدْلًا ؕ
لَا مُبَدِّلَ لِكَلِمٰتِهٖ ۚ وَهُوَ السَّمِيْعُ
الْعَلِيْمُ ﴿۱۱۵﴾

چانِس پروردگارٕ سٕنز کتھ (تہٕ) روزِ حقہٕ تہٕ انصافہٕ سان پوٗرٕ سیدِتھ تہٕ آنکیاز، تسنٛزن کتھن چھُنہٕ کانٛہہ بدلاوَن وول بیہ چھُ سُہ جان پٲٹھۍ بوزن وول تہٕ زیرِ پٲٹھۍ زانن وول۔

وَاِنْ تُطِعْ اَكْثَرَ مَنْ فِي الْاَرْضِ يُضِلُّوْكَ
عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ ؕ اِنْ يَّتَّبِعُوْنَ اِلَّا

بیہ اگر ژٕ بُتہٕ آژ پیٹھ بسن والیو منٛزٕ واریاہن ہنٛزن کتھن ہنٛزٕ پیٚروی کرکھ تہٕ تِم کرنے ژٕ بیہ اللّٰہ (تعالٰے)

الظَّنَّ وَاِنْ هُمْ اِلَّا يَخْرُصُوْنَ ۝۱۱۶

ہنزِ وتہِ نش گمراہ۔ تم چھہ صرف گمانس پتھ پَیاروی کران بیہ چھہ تم قیاسی کتھہ کران۔

اِنَّ رَبَّكَ هُوَ اَعْلَمُ مَنْ يَّضِلُّ عَنْ سَبِيْلِهٖ ۚ وَهُوَ اَعْلَمُ بِالْمُهْتَدِيْنَ ۝۱۱۷

چون پروردگار چھہ زبر پاٹھو زانان تس یُس تسنزِ وتہِ نشہِ ڈلان چھہ تہ سُے چھہ تمن تہِ جان پاٹھو زانان یمو ہدایت لوبمت چھہ۔

فَكُلُوْا مِمَّا ذُكِرَ اسْمُ اللّٰهِ عَلَيْهِ اِنْ كُنْتُمْ بِاٰيٰتِهٖ مُؤْمِنِيْنَ ۝۱۱۸

لہٰذا اگر توہی تہندین نشانن پیٹھ ایمان انان چھو او رکنز یتھ پیٹھ اللہ (تعالےٰ) سُند ناو ہینہ آمت آسہِ تمہِ منز کھیٖو۔

وَمَا لَكُمْ اَلَّا تَاْكُلُوْا مِمَّا ذُكِرَ اسْمُ اللّٰهِ عَلَيْهِ وَقَدْ فَصَّلَ لَكُمْ مَّا حَرَّمَ عَلَيْكُمْ اِلَّا مَا اضْطُرِرْتُمْ اِلَيْهِ ؕ وَاِنَّ كَثِيْرًا لَّيُضِلُّوْنَ بِاَهْوَآئِهِمْ بِغَيْرِ عِلْمٍ ؕ اِنَّ رَبَّكَ هُوَ اَعْلَمُ بِالْمُعْتَدِيْنَ ۝۱۱۹

تہ توہہ کیا چھو (گومت)؟ توہی چھو نہ تمہِ منز کھیوان یتھ پیٹھ اللہ (تعالےٰ) سُند ناو ہینہ آمت چھہ امسہِ باوجود زِ تمیٔ (اللہ تعالےٰ ہن) چھہ توہہ برونٹھہ کنہِ تہ سورُے کیٚنہہ ویژھناوِتھ بیان کورمُت یہ تمیٔ تُہندِ باپتھ حرام کورمُت چھہ۔ ماسواے امکہ زِ توہی سپدِو مجبور، تہ وارِیاہ (لوکھ) چھہ کُنہِ پزِ علمہ ورأے یقیناً پننیو خاہشو مطابق (لُوکن) گمراہ کران۔ چون رب چھہ بےشک حدٕ نیبر نیرن والین زبر پاٹھو زانان۔

وَذَرُوْا ظَاهِرَ الْاِثْمِ وَبَاطِنَهٗ ؕ اِنَّ الَّذِيْنَ يَكْسِبُوْنَ الْاِثْمَ سَيُجْزَوْنَ بِمَا كَانُوْا يَقْتَرِفُوْنَ ۝۱۲۰

بیہ گوہنچہِ ظاہری شکلہِ (نشہِ)، تہ امچہِ حقیقتہٕ (دوشوٕنوٕ) نشہِ بچو۔ یم لوکھ گوناہ کماوان چھہ تمن ییہِ تمیک یہ تم کماوان چھہ بے شک بدلہِ دِنہ۔

وَلَا تَاْكُلُوْا مِمَّا لَمْ يُذْكَرِ اسْمُ اللّٰهِ عَلَيْهِ وَاِنَّهٗ لَفِسْقٌ ؕ وَاِنَّ الشَّيٰطِيْنَ لَيُوْحُوْنَ اِلٰٓى اَوْلِيٰٓئِهِمْ لِيُجَادِلُوْكُمْ ۚ وَاِنْ اَطَعْتُمُوْهُمْ اِنَّكُمْ لَمُشْرِكُوْنَ ۝۱۲۱ ع ۱۴ ۱۱

بیہ مہ کھیٖو توہی تمہِ منز یتھ پیٹھ اللہ (تعالےٰ) سُند ناو ہینہ آونہ۔ تہ یہ عمل چھہ بے شک نافرمانی۔ تہ شیطان چھہ یقیناً پننین دوستن ہندین دلن منز (بیٚکھ خیال) تراوان روزان۔ یتھ زن تم توہہ سٕتی ژُوَن۔ تہ ہرگاہ توہی تمن ہنز فرمانبرداری کرِو تہ یقیناً سپدِو توہی مُشرِک۔

اَوَمَنْ كَانَ مَيْتًا فَاَحْيَيْنٰهُ وَجَعَلْنَا لَهٗ نُوْرًا يَّمْشِيْ بِهٖ فِى النَّاسِ كَمَنْ مَّثَلُهٗ فِى الظُّلُمٰتِ لَيْسَ بِخَارِجٍ مِّنْهَا ؕ كَذٰلِكَ زُيِّنَ لِلْكٰفِرِيْنَ مَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ۝۱۲۲

تہ ییٚس شخص مورد آسہِ پیتہ آسہِ سُہ اسہِ زِندہ کورمُت تہ تسنزِ خاطرہ آسہِ تمیٚتھ گاش مقرر کورمُت ییمہ کہ ذریعہ سُہ لوکن منز پھیران تھوران آسہِ سُہ ہیٚکیا تس شخصٕ سِندی پاٹھو (آسِتھ ہیٚکان)؟ ییٚمہ سُند حال یہ آسہِ زِ سُہ آسہِ انہِ گٹہِ منز (پیومُت تہ) تمو منز آسہِ نہ

أُخْتِهَا ۫ وَأَخَذْنٰهُمْ بِالْعَذَابِ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ ﴿٤٨﴾

برُونٹھٕ مِہ نِشانہٕ کھوتہٕ بوڈ آسان تہٕ اسہِ اُسی تِم عذابس منز وُلی متی۔ یتھ زن تِم (پننیو بدکاریو نِشہٕ) پتھ پھیرن۔

وَقَالُوْا يٰٓأَيُّهَ السّٰحِرُ ادْعُ لَنَا رَبَّكَ بِمَا عَهِدَ عِنْدَكَ ۚ إِنَّنَا لَمُهْتَدُوْنَ ﴿٥٠﴾

امہِ باوجود اُسی تِم یی وَنان گرٛھان زِ ہَیا جوٗدُوگرا! پننس پروردگارس برونٹھ کنہِ کر سانِس حقس منز، تمن ساریٚنے وعدن ہٕند واسطہِ دِتھ، دُعا، یِم (وعدٕ) تمیٚ ژےٚ سیٚتی کٔرِی متی چھِ (اگر عذاب دوٗر گوٚو) تیٚلہِ لبوٗ اسی ضروٗر ہدایت۔

فَلَمَّا كَشَفْنَا عَنْهُمُ الْعَذَابَ إِذَا هُمْ يَنْكُثُوْنَ ﴿٥١﴾

اَدٕ ییٚلہِ اسہِ تمن نِش عذاب ڈول تہٕ تِمو ہیوٚت ہیتی وعدٕ پھٕٹراوُن۔

وَنَادٰى فِرْعَوْنُ فِيْ قَوْمِهٖ قَالَ يٰقَوْمِ أَلَيْسَ لِيْ مُلْكُ مِصْرَ وَهٰذِهِ الْأَنْهٰرُ تَجْرِيْ مِنْ تَحْتِيْ ۚ أَفَلَا تُبْصِرُوْنَ ﴿٥٢﴾

بیہِ دِژ فرعونن پننس قومس منز یہِ پارٕ زِ اے میانہٕ قومہ! کیا مصرٕچ حکوٗمت چھنا میانِس قبضس منز؟ بیہِ کیا یِم دریاو چھنا میانِس اختیارس تل پکان؟ کیا توٚہۍ چھو نا وُچھان؟

أَمْ أَنَا خَيْرٌ مِّنْ هٰذَا الَّذِيْ هُوَ مَهِيْنٌ ۙ وَّلَا يَكَادُ يُبِيْنُ ﴿٥٣﴾

کیا بہٕ چھُنا تس شخصہٕ سٕنْدِ کھوتہٕ رُت یُس ذلیل چھُ تہٕ واش کٔڈِتھ کتھ تہٕ چھُنہٕ کٔرِتھ ہیکان (کٔنہٕ سُے چھُ رُت؟)۔

فَلَوْلَآ أُلْقِيَ عَلَيْهِ أَسْوِرَةٌ مِّنْ ذَهَبٍ أَوْ جَآءَ مَعَهُ الْمَلٰٓئِكَةُ مُقْتَرِنِيْنَ ﴿٥٤﴾

(اَدٕ اگر سُے رُت چھُ) تیٚلہِ کوٚنہٕ سپدِ تس پیٹھ سونہٕ سٕنْدی کٔرِ نازِل یا تس سیٚتی کوٚنہٕ آیہ ملایک یِم تس اَندۍ اَندۍ (تسٕندِ حفاظتہٕ خاطرٕ) سُمتھ آسہٕ ہن۔

فَاسْتَخَفَّ قَوْمَهٗ فَأَطَاعُوْهُ ۚ إِنَّهُمْ كَانُوْا قَوْمًا فٰسِقِيْنَ ﴿٥٥﴾

اَدٕ یتھ پأٹھؠ ڈول تمیٚ پنُن قوم تہٕ تِمو مٲنۍ تسنز کتھ۔ تِم لوٗکھ اسی خداوندی عہد پھٕٹراوٕن وٲلۍ۔

فَلَمَّآ اٰسَفُوْنَا انْتَقَمْنَا مِنْهُمْ فَأَغْرَقْنٰهُمْ أَجْمَعِيْنَ ﴿٥٦﴾

پتہٕ ییٚلہِ تِمو اسہِ شرارت کھول تہٕ اسہِ ہیوٚت تمن بدلہٕ تہٕ تِم سٲری پھٕٹناوِک آبس منز۔

فَجَعَلْنٰهُمْ سَلَفًا وَّمَثَلًا لِّلْاٰخِرِيْنَ ﴿٥٧﴾ ع

تہٕ اسہِ بناوِی تِم (اکھ پتھ کُن گومُت) افسانہٕ۔ بیہِ بناوِی تِم پیتہٕ والین ہٕندِ خاطرٕ اکِھ عبرتُک موٗجب (تہٕ)۔

وَلَمَّا ضُرِبَ ابْنُ مَرْيَمَ مَثَلًا اِذَا
قَوْمُكَ مِنْهُ يَصِدُّوْنَ ۝۵۸

بیہ ییٚلہِ تہِ ابنِ مریم بطورِ مثال پیش کرنہٕ
یِوان چھُ تہٕ چون قوم چھُ اتھ (کتھِ) پیٹھ
کریکہِ ناد تُلنہٕ ہیوان۔

وَقَالُوْٓا ءَاٰلِهَتُنَا خَيْرٌ اَمْ هُوَ ۭ مَا ضَرَبُوْهُ
لَكَ اِلَّا جَدَلًا ۭ بَلْ هُمْ قَوْمٌ خَصِمُوْنَ ۝۵۹

بیہ یِمہٕ چھُ ونان ہیوان زِ سانہِ معبوٗد چھا رٕتۍ
کِنہٕ سُہ (یعنے عیسیٰ) چھُ رُت۔ یِم چھِ یہ کتھ
ژٕ نٕہ بروٗنٹھ کنہِ صرف مجادلہٕ بابتھ کران۔ یِمَر
چھُ یہ زِ اتھ قومس چھُ حقس خلاف مجادلہٕ
لاگنُک عادت۔

اِنْ هُوَ اِلَّا عَبْدٌ اَنْعَمْنَا عَلَيْهِ وَجَعَلْنٰهُ
مَثَلًا لِّبَنِيْٓ اِسْرَاۗءِيْلَ ۝۶۰

سُہ (یعنے عیسیٰ) تہِ اوس صرف اکھ بندٕہ یمیس
پیٹھ اسہِ انعام کوٚرمُت اوس تہٕ سُہ اوس بنی اسرائیلن
ہندِ خاطرِ بطورِ عبرت بنوومُت۔

وَلَوْ نَشَاۗءُ لَجَعَلْنَا مِنْكُمْ مَّلٰۗىِٕكَةً فِي
الْاَرْضِ يَخْلُفُوْنَ ۝۶۱

بیہ اگر اسۍ یژھہو تہٕ توہہِ اندرٕ تہِ بناوِہو کینٛہہ
ملایک یِم زمینہِ منز تُہنٛزِ جایہِ آباد آسہٕ ہن۔

وَاِنَّهٗ لَعِلْمٌ لِّلسَّاعَةِ فَلَا تَمْتَرُنَّ بِهَا
وَاتَّبِعُوْنِ ۭ هٰذَا صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ ۝۶۲

بیہ چھُ سُہ (یعنے قرآن) یُتھ مہٕ گرِ ہنٛد عِلم عطا
کران۔ لہٰذا توٚہۍ مہٕ کرِو ساعتس متعلق شک۔
تہٕ (اے لوٗکو!) توٚہۍ کرِو میانۍ تابعداری
یہے چھیٚہ سیٚز وَتھ۔

وَلَا يَصُدَّنَّكُمُ الشَّيْطٰنُ ۚ اِنَّهٗ لَكُمْ عَدُوٌّ
مُّبِيْنٌ ۝۶۳

یتھہٕ حتہٕ نٕش دوٗر گژھن دول شخص توہہِ
سیٚزِ وتہِ نٕشہِ پتھ رٹہِ نُو۔ سُہ چھُ تُہنٛدٕ ناکارٕ دشمن۔

وَلَمَّا جَاۗءَ عِيْسٰى بِالْبَيِّنٰتِ قَالَ قَدْ جِئْتُكُمْ
بِالْحِكْمَةِ وَلِاُبَيِّنَ لَكُمْ بَعْضَ الَّذِيْ
تَخْتَلِفُوْنَ فِيْهِ ۚ فَاتَّقُوا اللّٰهَ وَاَطِيْعُوْنِ ۝۶۴

بیہ ییٚلہِ عیسیٰ (ونٛمیس بعثتس منٛز) نشانہٕ ہیتھ ییہ۔
تہٕ سُہ وُنہٕ زِ بہٕ چھُس توہہِ نٕش حکمتہٕ چیٖز کتھ
ہیتھ آمُت۔ بیہ چھُس اوِکنہٕ آمُت یُتھ زن توہہِ
کینٛہہ تیٚژھہ کتھ فِکرِ تارووٕ یِمن منٛز توٚہۍ اختلاف
کران چھِو، لہٰذا اللہ (تعالےٰ) سُنٛد تقویٰ پراوِو۔
بیہ کرِو میانۍ فرمانبرداری۔

اِنَّ اللّٰهَ هُوَ رَبِّيْ وَرَبُّكُمْ فَاعْبُدُوْهُ ۭ هٰذَا
صِرَاطٌ مُّسْتَقِيْمٌ ۝۶۵

اللہ (تعالےٰ) ہے چھُ میون تہٕ پروردگار تہٕ تُہنٛد
تہٕ پروردگار۔ لہٰذا تسنٛزے عبادت کرُو۔ یہے
چھیٚہ سیٚز وَتھ۔

فَاخْتَلَفَ الْاَحْزَابُ مِنْۢ بَيْنِهِمْ ۚ فَوَيْلٌ

لہٰذا یہ بوزِتھ گو تیمنٛدۍ مخالف ڈرکہ پانہٕ وانۍ بیوٚن

لِلَّذِيْنَ ظَلَمُوْا مِنْ عَذَابِ يَوْمٍ اَلِيْمٍ ﴿٦٥﴾

بيؤن كنهن كري نه - اڄ ڀيو لوڪو ظلم ڪيو، تهنجي خاطر جهيڙي اڪ تڪليف ڏيڻ واري عذابي ڏس هلاڪت مقرر ڪري نه آهي.

هَلْ يَنْظُرُوْنَ اِلَّا السَّاعَةَ اَنْ تَاْتِيَهُمْ بَغْتَةً وَّ هُمْ لَا يَشْعُرُوْنَ ﴿٦٦﴾

تم ڇو صرف قيامتس پيارن يمڪ هنگته منگه يَن مقدر ڇهُ. اماپوز بتن ڇهڻ فڪر تران.

اَلْاَخِلَّآءُ يَوْمَئِذٍۭ بَعْضُهُمْ لِبَعْضٍ عَدُوٌّ اِلَّا الْمُتَّقِيْنَ ﴿٦٧﴾ ربع

وارياه دوست آس تمه دوهه پانه واڻي اکه اُکر سهندڪ دُشمن، صرف نه متقي.

يٰعِبَادِ لَا خَوْفٌ عَلَيْكُمُ الْيَوْمَ وَ لَآ اَنْتُمْ تَحْزَنُوْنَ ﴿٦٨﴾

(بتن ونه خدا تعالٰے) اے مياتيو بندو! از ڇهُو نه تو هه ڪاشهه خوف بُهتو ته نه پيو توهر گُنه پجّ مر غلطي هندس غمس مشز آور نه.

اَلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا بِاٰيٰتِنَا وَ كَانُوْا مُسْلِمِيْنَ ﴿٦٩﴾

(ديم انعام لبن واڻي آس بتم لوکھ) يمو سائين آين پيٹھ ايمان اُوكمت اوس بيه يمو فرمانبردارن جتز زندگي گذراهشز آس.

اُدْخُلُوا الْجَنَّةَ اَنْتُمْ وَ اَزْوَاجُكُمْ تُحْبَرُوْنَ ﴿٧٠﴾

(الله تعالٰے ونه بتن) توهه ته ته تهندڪ مستو باجّ ته اُزو خوشيه ڪران جنتس مشز.

يُطَافُ عَلَيْهِمْ بِصِحَافٍ مِّنْ ذَهَبٍ وَّ اَكْوَابٍ ۚ وَ فِيْهَا مَا تَشْتَهِيْهِ الْاَنْفُسُ وَ تَلَذُّ الْاَعْيُنُ ۚ وَ اَنْتُمْ فِيْهَا خٰلِدُوْنَ ﴿٧١﴾

بتن برونٹھ ڪن ين سونه سهندڪ بشڪابه تو پياله ڇهيري ڇهيري اننه. ته اتهه (جنتس) مشز نه ڪيتز ها دِل يئيز هبكه ته اُچه پسند ڪرنكه (ته) آسه موجود. بيه (ييكه وتهنه نه) توهر گرزِهو هميشه اتهه مشز روزان.

وَ تِلْكَ الْجَنَّةُ الَّتِيْۤ اُوْرِثْتُمُوْهَا بِمَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿٧٢﴾

ته يه آسه سُه جنت يميكي توهي تهندو اعمالو ڪنز وارِث بناونه ييو.

لَكُمْ فِيْهَا فَاكِهَةٌ كَثِيْرَةٌ مِّنْهَا تَاْكُلُوْنَ ﴿٧٣﴾

تهندِ خاطر آس اتهه اندر ليسله پاڪهو ميو موجود يمو مشز توهي (حسبِ ضرورت) کھنيو.

اِنَّ الْمُجْرِمِيْنَ فِيْ عَذَابِ جَهَنَّمَ خٰلِدُوْنَ ﴿٧٤﴾

مُجرِم روزن بے شک جهنمه ڪس عذابس منز واريا هس کالس.

لَا يُفَتَّرُ عَنْهُمْ وَ هُمْ فِيْهِ مُبْلِسُوْنَ ﴿٧٥﴾

تهندِس عذابس منز پيه نه بتن تهكه دِيته ته بتم سيدن تته منز نااُميد.

وَمَا ظَلَمْنٰهُمْ وَلٰكِنْ كَانُوْا هُمُ الظّٰلِمِيْنَ ۝۷۷

تہٕ اسہِ کوٚر نہٕ تمن پیٹھ ظُلم مگر تم اُسی پانے پنٕنین نَفسَن پیٹھ ظلُم کران روزان۔

وَنَادَوْا يٰمٰلِكُ لِيَقْضِ عَلَيْنَا رَبُّكَ ۭ قَالَ اِنَّكُمْ مّٰكِثُوْنَ ۝۷۸

بییہ تم وِن آلو۔ ہے مالِکہٕ! (یعنے جہنمہٕ کِہ حاکِمہٕ!) چانس پروردگارس پزِ ہے زِ اسہِ دِیہ ہے موت۔ سُہ ونِہ تۄہۍ روزِو اتھ منز ہمیشہ کال تام۔

لَقَدْ جِئْنٰكُمْ بِالْحَقِّ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَكُمْ لِلْحَقِّ كٰرِهُوْنَ ۝۷۹

(خدا تعالےٰ چھُ ونان) اُسی آسی تۄہہِ نِش حق ہیتھ آمتۍ اماہ یوٗز تۄہہِ منز اُسی واریاہ حقَس نفرت کران۔

اَمْ اَبْرَمُوْٓا اَمْرًا فَاِنَّا مُبْرِمُوْنَ ۝۸۰

کیا تمو لوٗکو چھا (رسوٗل اللہ صلی اللہ علیہ وسلمس پیٹھ) حملہٕ کرنُک کانہہ فٲصلہٕ کوٚرمُت؟ (اگر تِتھ ہہ کتھ چھیِٕ) تیٚلہٕ چھُ اسہِ تہٕ تہنٛزِ تباہی ہُنٛد فٲصلہٕ کوٚرمُت۔

اَمْ يَحْسَبُوْنَ اَنَّا لَا نَسْمَعُ سِرَّهُمْ وَنَجْوٰىهُمْ ۭ بَلٰى وَرُسُلُنَا لَدَيْهِمْ يَكْتُبُوْنَ ۝۸۱

کیا تم چھا یہِ گمان کران زِ اُسی چھیٚہ تہنٛزِ سِرِ کتھ تہٕ کھُلِتھ مشورٕ بوزان؟ یہ کتھ چھِنہٕ، بلکہِ سانٛی سوزمِتۍ چھِہ تمن لرِ بہِتھ لیکھان روزان۔

قُلْ اِنْ كَانَ لِلرَّحْمٰنِ وَلَدٌ ڰ فَاَنَا اَوَّلُ الْعٰبِدِيْنَ ۝۸۲

تہٕ وَنکھ زِ اگر رحمان (خدائس) کانہہ نیچُو آسہِ ہے تہٕ بہٕ کرہا ساری وۄپے برونٛہہ تمُہ سٕنٛز عبادت۔

سُبْحٰنَ رَبِّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ رَبِّ الْعَرْشِ عَمَّا يَصِفُوْنَ ۝۸۳

آسمانن ہُنٛد تہٕ زمینُک پروردگار تہٕ عرشُک پروردگار چھُ تمو ساری وۄپے (شرکی صفتو) بِنٛشہٕ پاک۔ یِم مُشرک بیان کران چھِہ۔

فَذَرْهُمْ يَخُوْضُوْا وَيَلْعَبُوْا حَتّٰى يُلٰقُوْا يَوْمَهُمُ الَّذِيْ يُوْعَدُوْنَ ۝۸۴

لہٰذا (اے پیغمبر!) تِہ تراوکھ تم زِ گندٕگی روزن ہوادوان۔ تہٕ تتھ وقتس تام روزن گِندان یوٚتام تم لبن پننہٕ عذابُک وقت، یمیُک تمن وعدٕ کرنہٕ آمت اوس۔

وَهُوَ الَّذِيْ فِي السَّمَاۗءِ اِلٰهٌ وَّفِي الْاَرْضِ اِلٰهٌ ۭ وَهُوَ الْحَكِيْمُ الْعَلِيْمُ ۝۸۵

بییہ سُے (خدا) چھُ آسمانن تہٕ زمینہٕ منز کُنے معبوٗد بییہ چھُ سُہ بجہ حِکمژ وول تہٕ سیٹھا زانن وول۔

وَتَبٰرَكَ الَّذِيْ لَهٗ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا ۚ وَعِنْدَهٗ عِلْمُ السَّاعَةِ ۚ وَاِلَيْهِ تُرْجَعُوْنَ ۝۸۶

بییہ بجہ برکژ بخشن واجنۍ چھیِٕ سۄ ہستی یۄ سہ آسمانن تہٕ زمینہٕ تہٕ یہ کینژھا یمن درمیان چھُ تمن ساری ہنٛزِ بادشاہی ہُنٛد مالِک چھیِٕ تہٕ

قیامتُک عِلم چھُ صِرف تسٕی خاصل تہٕ تسٕی کُن یِیٚو توٚہۍ پھیرتھ نِنہٕ۔

وَلَا يَمْلِكُ الَّذِينَ يَدْعُونَ مِن دُونِهِ الشَّفَاعَةَ إِلَّا مَن شَهِدَ بِالْحَقِّ وَهُمْ يَعْلَمُونَ ﴿٨٦﴾

تہٕ یِمَن لُوکھ خدایس وراے یِمن آلو دِوان چھِ تِم چھِنہٕ شفاعتُکۍ مالِک۔ وۄنۍ گوٚو یُس چھُ شفاعتُک حق تھاوان یُس پزِرِچ شہادت دِیہِ۔ تہٕ تِم (کافِر) چھِ (یہِ حقیقت) زبر پاٹھۍ زانان۔

وَلَئِن سَأَلْتَهُم مَّنْ خَلَقَهُمْ لَيَقُولُنَّ اللَّهُ فَأَنَّىٰ يُؤْفَكُونَ ﴿٨٧﴾

بیہ اگر ژٕ تِمن پرژھکھ زِ تِم کٔمۍ چھِ پٲدٕ کٔرِمتۍ؟ اَدٕ تِم وَنَن ضروٗر، اللّٰہ (تعالےٰ) ہَن، اَدٕ کوکُن چھِ تِم بُر مراوِتھ نِنہٕ یِوان۔

وَقِيلِهِ يَا رَبِّ إِنَّ هَٰؤُلَاءِ قَوْمٌ لَّا يُؤْمِنُونَ ﴿٨٨﴾

تہٕ اَسہِ چھُ تَہُند (یعنے تَس رسُولہٕ ہُند) تمہِ قولُک قسم! (یُس تِمۍ ووٚنیاو) اے میانہٕ پروردگارٕ! یہِ قوم چھُ تِیتھ یُس نہٕ زٕس پٮ۪ٹھ ایمان چھُنہٕ انان۔

فَاصْفَحْ عَنْهُمْ وَقُلْ سَلَامٌ فَسَوْفَ يَعْلَمُونَ ﴿٨٩﴾

اَدٕ کہو (وۄنۍ اسہِ تس جواب زِ) تِمن کر درگُذر تہٕ صِرف آسِ یِتے دُعا کران زِ توٚہہِ پٮ۪ٹھ سپدِن خدایہٕ سُنز سلامتی نازِل۔ تہٕ تِمیک نیبرِ یہِ نتیجہ زِ تِم ہیٚن (حق) زانُن۔




سوٗرۃ دُخان، یہ سوٗرۃ چھُ مکی تہٕ بسم اللّٰہ ہیتھ چھِ اتھ شیٹھ آیہ بیہ چھِس ترٕیہ رکوٗع۔

بِسْمِ اللَّهِ الرَّحْمَٰنِ الرَّحِيمِ ﴿١﴾

(بہٕ چھُس) اللّٰہ (تعالےٰ) سُند ناو ہیتھ (یِران) یُس حدٕ رُوس کرم کرن ووٚل (تہٕ) پھیرِ پھیرِ رحم کرن ووٚل چھُ۔

حم ﴿٢﴾

(یہِ چھُ) حمید تہٕ مجید (خدایہٕ سُند طرفہٕ نازِل سپدِمُت سوٗرٕ)۔

وَالْكِتَابِ الْمُبِينِ ﴿٣﴾

اَسۍ چھِ (امہِ پزرکہِ ثابت کرنہٕ خاطرٕ) واشش گٔژھتھ بیان کرن واجنہ کتابہٕ ہنز درہے کران۔

---

ل یعنے محمد رسول اللّٰہ صلی اللّٰہ علیہ وسلم

(یعنے یہ چھن شہادتہٕ کنہٕ پیش کران) ۔

اِنَّآ اَنْزَلْنٰهُ فِيْ لَيْلَةٍ مُّبٰرَكَةٍ اِنَّا كُنَّا مُنْذِرِيْنَ ۝٣

اسہِ چھیٚہ یہ (کتاب) اُکس برکژ واجنہٕ راژ منزٕ نازِل کرٕ مژ ، تہٕ کیازِ اُسی چھ ہمیشہ وتہٕ ڈٕلی بستہین ہُشیار کران روزان ۔

فِيْهَا يُفْرَقُ كُلُّ اَمْرٍ حَكِيْمٍ ۝٤

اَتھ راژ منزٕ[1] چھنیہ پریتھ حکمتہٕ واجنی کتھ بیان کرنہٕ یوان ۔

اَمْرًا مِّنْ عِنْدِنَا ۭ اِنَّا كُنَّا مُرْسِلِيْنَ ۝٥

پریتھ سو کتھ ییمیکُ اسہِ پننہٕ دربارٕ حکم دیٚتمت چھُ ۔ اُسی چھ یتھس موقعس پیٹھ ہمیشے رسول سوزان ۔

رَحْمَةً مِّنْ رَّبِّكَ ۭ اِنَّهٗ هُوَ السَّمِيْعُ الْعَلِيْمُ ۝٦

یہ چھُ چانِس پروردگارٕ سٕندِ طرفہٕ بطورِ رحمت آسان ۔ سُہ چھُ سیٹھا دُعا بوزن وول (تہٕ) دِلن ہندی حالات زانن وول ۔

رَبِّ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ وَمَا بَيْنَهُمَا ۘ اِنْ كُنْتُمْ مُّوْقِنِيْنَ ۝٧

(یعنے) تس پروردگارٕ سٕندِ طرفہٕ یُس آسمانن تہٕ زمینہٕ تہٕ یہ کینٛژھا تِمن درمیان چھُ ، تمیکُ پروردگار چھُ ۔ شرط چھُ یہ زِ تُہنز نیت گژھِ پزٕ کرنٕچ آسٕنۍ ۔

لَآ اِلٰهَ اِلَّا هُوَ يُحْيٖ وَيُمِيْتُ ۭ رَبُّكُمْ وَرَبُّ اٰبَاۗىِٕكُمُ الْاَوَّلِيْنَ ۝٨

تس وراۓ چھنہٕ کانٛہہ معبود ، سُہ چھُ زِندٕ کران تہٕ ماران تہٕ چھُ ۔ سُہ چھُ تُہنٛد تہٕ پروردگار تہٕ تُہنٛدین برونٛٹھ ٲسۍ جِدن اجدادن ہُند تہٕ اوس پروردگار ۔

بَلْ هُمْ فِيْ شَكٍّ يَّلْعَبُوْنَ ۝٩

اماٗ پوز یِم چھِ شکن آوراوی ہیتہ (تہٕ) گِندان چھِ ۔

فَارْتَقِبْ يَوْمَ تَاْتِي السَّمَاۗءُ بِدُخَانٍ مُّبِيْنٍ ۝١٠

اوٚکنہٕ کرتہٕ تمہِ دوہُک انتظار ییمہِ دوہ آسمانس پیٹھ اکھ ننہٕ وانہٕ دُہ ظاہر گژھِ[2] ۔

يَّغْشَى النَّاسَ ۭ هٰذَا عَذَابٌ اَلِيْمٌ ۝١١

یُس سارنے لوکن وٚلنہ ییہِ ۔ یہ آسہِ دگِہ دار عذاب ۔

---

[1] یعنے سُہ زمانہٕ ییتہ منزٕ نبی مبعوث سپدان چھُ ۔ سُہ زمانہٕ چھُ راژ ہندی پاٹھۍ ہدایتہٕ کہِ نورٕ نشہٕ محروم آسان ۔

[2] ییتہ آیس منزٕ چھُ ایٚٹم بم تہٕ ہائیڈروجن بمن ہُند ذکر ۔ یِہندِ پھٹنہٕ پتہٕ ساری سے فضہ ہس منزٕ چھُ دہے دُہ پھٔلان ۔ (منہ)

رَبَّنَا اكْشِفْ عَنَّا الْعَذَابَ اِنَّا مُؤْمِنُوْنَ ⑫

(تیہِ پیہِ وُچھتھ ہین لُوکھ وَنُن) اے ساننہِ پروردِگارِ! اسہِ نِشہِ ڈالتہٕ یہِ عذاب، اَسی چھہِ ایمان انان۔

اَنّٰى لَهُمُ الذِّكْرٰى وَقَدْ جَآءَهُمْ رَسُوْلٌ مُّبِيْنٌ ⑬

تمہِ دوہہِ کتہ کنہٕ میلہِ تمن ایمان اننکُ توفیق! حالانکہِ تمن نِش چھُ حقیقت واش کُڈتھ بیان کرن وول اکھ رسُول آمُت۔ (لیکن تمو مون نہٕ)۔

ثُمَّ تَوَلَّوْا عَنْهُ وَقَالُوْا مُعَلَّمٌ مَّجْنُوْنٌ ⑭

تہٕ تس نِش ترٛاوِکھ تھر پھرِتھ تہٕ ٹُکی وننہِ یہِ چھُ کس تانی سِندی دُسی ہیچھناوِنہٕ آمُت فاترٕ۔

اِنَّا كَاشِفُوا الْعَذَابِ قَلِيْلًا اِنَّكُمْ عَآئِدُوْنَ ⑮

اَسی ترٛلناوو یہِ عذاب کیہہ کالہِ باپتھ۔ مگر توہیہٕ ہیوٚیہِ بیہِ تی کرُن۔ (یعنے تمے کرتوت کٔرِو)۔

يَوْمَ نَبْطِشُ الْبَطْشَةَ الْكُبْرٰى ۚ اِنَّا مُنْتَقِمُوْنَ ⑯

یمہِ دوہہِ اَسی توہیہ بجہِ تھپہِ منز الووِ (توہہِ پیٹھ گرٛتھہِ نوون زٕرِ) اَسی چھہِ انتقام ہینس پیٹھ قوٗدرت تھاوان۔

وَلَقَدْ فَتَنَّا قَبْلَهُمْ قَوْمَ فِرْعَوْنَ وَجَآءَهُمْ رَسُوْلٌ كَرِيْمٌ ⑰

تہٕ اسہِ آس تمن برونٹھ فرعونہٕ سِندِس قومس تہٕ آزمایش کٔرمٕژ تہٕ تمن نِش اوس اکھ عزتہٕ وول رسُول آمُت۔

اَنْ اَدُّوْا اِلَيَّ عِبَادَ اللّٰهِ ؕ اِنِّيْ لَكُمْ رَسُوْلٌ اَمِيْنٌ ⑱

(بیہِ اوس تمہٕ رسُولن تمن وَنمُت زِ) خدایہ سِندی بنٛدٕ[1] کٔرِوکھ میہِ حوالہِ بہٕ چھُس توہہِ کُن اکھ امانت دار رسُول بناوِتھ سوزنہٕ آمُت۔

وَّاَنْ لَّا تَعْلُوْا عَلَى اللّٰهِ ۚ اِنِّيْ اٰتِيْكُمْ بِسُلْطٰنٍ مُّبِيْنٍ ⑲

بیہِ (بہٕ چھُس یہِ حُکم ہیتھ سوزنہٕ آمُت) زِ خدایہ سِندِس معاملس منز مہٕ ہیٚیوٗ زورس جبرس کام (تہٕ میانین انہٕ منزن دلیلن پیٹھ کٔرِو غور) بہٕ چھُس توہہِ کُن یقیناً اکھ ٹاکار دلیل انن وول۔

وَاِنِّيْ عُذْتُ بِرَبِّيْ وَرَبِّكُمْ اَنْ تَرْجُمُوْنِ ⑳

بیہِ چھُس بہٕ پننِس پروردگارس تہٕ تُہنٛدِس پروردِگارس پناہ منگان، زِ تُہِنٛہٕ کُنہِ توہیہ وٚناولِ منز میہِ کنہٕ کنہٕ کٔرِو۔

وَاِنْ لَّمْ تُؤْمِنُوْا لِيْ فَاعْتَزِلُوْنِ ㉑

بیہِ اگر توہیہ میہِ پیٹھ ایمان چھو نہٕ انان ادٕ (کم ازکم یہِ ہن تہٕ کٔرِو زِ) میہِ ترٛاوِو بلکلُ کُنے زون۔

فَدَعَا رَبَّهٗۤ اَنَّ هٰۤؤُلَآءِ قَوْمٌ مُّجْرِمُوْنَ ㉒

اَتھ پیٹھ کوٚر موسیٰ ہن پننس پروردگارس آلو تہٕ وون

---

[1] یعنے بنی اسرائیل۔

لس زِ یہِ قوم چھِ مُجرِم ۔ (بوزِتھ چھُہ یِوان زِ یِم اَتھ نہٕ میٖنہٕ پیٹھ ایمان)۔

فَاَسْرِ بِعِبَادِيْ لَيْلًا اِنَّكُمْ مُّتَّبَعُوْنَ ﴿۲۴﴾

اَدِ وَوُن (تَس خُدایَن) میٲنۍ بنٛدٕ نِکھ رٲتس رات (یعنی مُلکہٕ منٛزٕ) گژِھتھ۔ بیہِ تھاو یہ خیال زِ فرعونُن سُنٛد قوم لارِ ژٕ تۆہہِ پتے۔

وَاتْرُكِ الْبَحْرَ رَهْوًا ؕ اِنَّهُمْ جُنْدٌ مُّغْرَقُوْنَ ﴿۲۵﴾

تہٕ ٹینٛگو پیٹھٕ نیران تراوُن سمنٛدر پتھ (یعنی ٹینٛگو پیٹھو پکان پکان نیٖرِ سمنٛدرٕ نِشہٕ) سُہ (یعنی فرعونُن سُنٛد) فوج روزِ غرق گژھتھ۔

كَمْ تَرَكُوْا مِنْ جَنّٰتٍ وَّعُيُوْنٍ ﴿۲۶﴾

تِمو (یعنی فرعونٕ سٕنٛدِ قومن) تراوِ پانس پتھ کِتیٛن وارِیاہ باغ تہٕ ناگ۔

وَّزُرُوْعٍ وَّمَقَامٍ كَرِيْمٍ ﴿۲۷﴾

تہٕ زراعتہٕ واجنٕ زمین تہٕ سیٹھا آرام دِنہٕ واجنہٕ جایہٕ۔

وَّنَعْمَةٍ كَانُوْا فِيْهَا فٰكِهِيْنَ ﴿۲۸﴾

تہٕ ترٛٹھ رٕژٕ جایہٕ یِمن منٛز تِم جاوٕ رٕژٕ پٲٹھو روزان آسی۔

كَذٰلِكَ ۣ وَاَوْرَثْنٰهَا قَوْمًا اٰخَرِيْنَ ﴿۲۹﴾

ییٛتھے گٔو سپد، تہٕ اسہِ کوٚر تِمن ساری نٕے چیٖزن ہُنٛد وارِث اکھ بیاکھ قوم۔

فَمَا بَكَتْ عَلَيْهِمُ السَّمَآءُ وَالْاَرْضُ وَمَا كَانُوْا مُنْظَرِيْنَ ﴿۳۰﴾ ع

اَدِ نہٕ وۄود آسمانن تِمن پیٹھ تہٕ نہٕ زمینہٕ تہٕ نہٕ آو تِمن ڈھیٖجر تراونہٕ۔

وَلَقَدْ نَجَّيْنَا بَنِيْٓ اِسْرَآءِيْلَ مِنَ الْعَذَابِ الْمُهِيْنِ ﴿۳۱﴾

بیہِ دِیُت اسہِ بنی اسرائیلن رُسوا کرن والہِ عذابہٕ نِشہٕ نجات۔

مِنْ فِرْعَوْنَ ؕ اِنَّهٗ كَانَ عَالِيًا مِّنَ الْمُسْرِفِيْنَ ﴿۳۲﴾

یُس فرعونٕ سٕنٛدِ طرفہٕ تِمن میلن اوس تہٕ سُہ (فرعون) اوس سیٹھا تکبّری تہٕ حدٕ اوس تیٖبر درامُت۔

وَلَقَدِ اخْتَرْنٰهُمْ عَلٰى عِلْمٍ عَلَى الْعٰلَمِيْنَ ﴿۳۳﴾

بیہِ آس اسہِ بنی اسرائیلن تِہنٛدِ زمانہٕ کین سارِنٕے قومن پیٹھ تِہنٛدیو حالاتو مطابق فضیلت دِژمٕژ۔

وَاٰتَيْنٰهُمْ مِّنَ الْاٰيٰتِ مَا فِيْهِ بَلٰٓؤٌا مُّبِيْنٌ ﴿۳۴﴾

بیہِ اوس اسہِ تِمن نِشانو منٛزٕ اکھ نِشانہٕ تِیتھ تہٕ سوٗزمُت یتھ منٛز تِہنٛدِ خاطرٕ بوٚڈ امتحان اوس۔

اِنَّ هٰٓؤُلَآءِ لَيَقُوْلُوْنَ ﴿۳۵﴾

یِم لُکھ (یعنی مکہٕ وٲلۍ) چھِ وَنان۔

اِنْ هِيَ اِلَّا مَوْتَتُنَا الْاُوْلٰى وَمَا نَحْنُ بِمُنْشَرِيْنَ ﴿۳۶﴾

اسہِ چھُ صرف اکی لٹہِ مرُن تہٕ اَسی یِمو نہٕ بیہِ زِندٕ کٔرِتھ استادٕ کرنہٕ۔

فَأْتُوا بِآبَائِنَا إِنْ كُنْتُمْ صَادِقِينَ ﴿٣٧﴾

اچھا اگر توٚہی پٔزی یارٕ چھِو تیلہٕ آوِو توٚہۍ سانٛ جد اجداد (دوٚبارٕ ییتھ دُنیاہس منٛز) اَنتھ۔

أَهُمْ خَيْرٌ أَمْ قَوْمُ تُبَّعٍ وَالَّذِينَ مِنْ قَبْلِهِمْ ۚ أَهْلَكْنَاهُمْ ۖ إِنَّهُمْ كَانُوا مُجْرِمِينَ ﴿٣٨﴾

یِم چھا رٔتۍ کِنہٕ تُبّع سٕنٛد قوم؟ تہٕ تِم لُکھ یِم تُبّع قومس برونٛٹھ آسۍ (تِم آسۍ دُنیاوی طاقتس منٛز یِمو کھوتہٕ رٔتۍ) اسہِ کٔرۍ تِم سٲری ہلاک تِم لُکھ آسۍ بے شک مُجرِم۔

وَمَا خَلَقْنَا السَّمَاوَاتِ وَالْأَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَا لَاعِبِينَ ﴿٣٩﴾

یہِ آسمان تہٕ زمین تہٕ یہِ کینٛژھا تِمن منٛز باگ چھُ کوٚرٕ نہٕ اسہِ گِندان گِندان پٲدٕ۔

مَا خَلَقْنَاهُمَا إِلَّا بِالْحَقِّ وَلَٰكِنَّ أَكْثَرَهُمْ لَا يَعْلَمُونَ ﴿٤٠﴾

اسہِ کٔرۍ یِم صِرف اکہِ دٲئمی مقصدٕ خٲطرٕ پٲدٕ۔ اما پوٚز تِمو منٛزٕ چھِنہٕ واریاہ زانان۔

إِنَّ يَوْمَ الْفَصْلِ مِيقَاتُهُمْ أَجْمَعِينَ ﴿٤١﴾

فٲصلک دوہ چھُ یِمن سارِنٕے ہِنٛد خٲطرٕ وعدٕ دِنہٕ آمُت وقت۔

يَوْمَ لَا يُغْنِي مَوْلًى عَنْ مَوْلًى شَيْئًا وَلَا هُمْ يُنْصَرُونَ ﴿٤٢﴾

یُمہٕ دوہ ہہ کانٛہہ دوست کانٛسہٕ دوستہٕ سٕنٛد حاجت پوٗرٕ ہیکہٕ نہٕ کٔرِتھ تہٕ نہٕ ییہِ یِمو اندرٕ کانٛسہٕ مدد کرنہٕ۔

إِلَّا مَنْ رَحِمَ اللَّهُ ۚ إِنَّهُ هُوَ الْعَزِيزُ الرَّحِيمُ ﴿٤٣﴾ ع۲ ۱۳ ۱۵

صرف (ییہِ تَسُند مدد کرنہٕ) یمیس پیٹھ اللہ (تعالیٰ) رحم کرِ۔ سُہ چھُ غٲلِب تہٕ آنتہٕ رٔوس رحم کرن وول۔

إِنَّ شَجَرَتَ الزَّقُّومِ ﴿٤٤﴾

زقّوم[1] کُل چھُ بے شک۔

طَعَامُ الْأَثِيمِ ﴿٤٥﴾

گوٗنہ گارٕ سٕنٛد کھین۔

كَالْمُهْلِ يَغْلِي فِي الْبُطُونِ ﴿٤٦﴾

پاکہٕ پٲٹھۍ چھُ بد مزٕ، ییُس شِکمن منٛز گالہٕ ہتہٕ تراوِکہٕ پٲٹھۍ گرٕ نِکہٕ۔

كَغَلْيِ الْحَمِيمِ ﴿٤٧﴾

ییتھ پٲٹھۍ توٚت آب گرہکان چھُ۔

خُذُوهُ فَاعْتِلُوهُ إِلَىٰ سَوَاءِ الْجَحِيمِ ﴿٤٨﴾

تہٕ آسہِ وَلَو ملٲیکن یہِ گوٗنہ گار رٔٹیوٗن تہٕ جہنمس منٛز باگ تام نیوٗن یہِ کھٕکھرٕ۔

ثُمَّ صُبُّوا فَوْقَ رَأْسِهِ مِنْ عَذَابِ الْحَمِيمِ ﴿٤٩﴾

پتہٕ تراوِو اَمِس کلس پیٹھ سیٹھا پہن تُرشِ آبہٕ رسہٕ یُمہٕ سِتیٚ اَمِس سخت تُرشِرکۍ عذاب

[1] CACTUS ، تھوہر، یہ چھُ اکھ زہردار کُل دوہ پہ یُس دوزخن اندر بکار پیوان چھُ

واتہٖ۔

ذُقْ ۚ إِنَّكَ أَنتَ الْعَزِيزُ الْكَرِيمُ ﴿۵۰﴾

(بیہ وَنو اُسو تس شخص) تُرہٖ یہ عذاب، ژٕ اوسکھ (پننہٕ خیالہٕ) غالب (تہٕ) عزتہٕ وول۔

إِنَّ هَٰذَا مَا كُنتُم بِهِ تَمْتَرُونَ ﴿۵۱﴾

(بیہ وَنو) یہ ہے تہٕ چھُ یمیُک کِ حقہٕ توٚہۍ شک کران آسو وٕ۔

إِنَّ الْمُتَّقِينَ فِي مَقَامٍ أَمِينٍ ﴿۵۲﴾

مُتقی روزن یقیناً اُکس امنہٕ واجنہٕ جایہ۔

فِي جَنَّاتٍ وَعُيُونٍ ﴿۵۳﴾

یعنے باغن تہٕ ناگن اندر۔

يَلْبَسُونَ مِن سُندُسٍ وَإِسْتَبْرَقٍ مُّتَقَابِلِينَ ﴿۵۴﴾

تِم لاگن نٲلۍ زاوِج ریشم تہٕ پربزلوٚن موٚٹ پوٚٹ تہٕ اکھ اُکس کُن بُتھ کٔرِتھ آسن بہتھ۔

كَذَٰلِكَ وَزَوَّجْنَاهُم بِحُورٍ عِينٍ ﴿۵۵﴾

(تیتھے آسہ) تہٕ اُسی دِمو تِمن سیتی باجبین ہِندِ کِنِہ ویچھِ دیچھِ کاچہ اُچھ واجنہٕ زنانہٕ۔

يَدْعُونَ فِيهَا بِكُلِّ فَاكِهَةٍ آمِنِينَ ﴿۵۶﴾

تِم منگہٕ ناوَن تِمن جنتن اندر پرتھ قسمکو میوٕ تہٕ امنہٕ سان گُذارن (زندگی)۔

لَا يَذُوقُونَ فِيهَا الْمَوْتَ إِلَّا الْمَوْتَةَ الْأُولَىٰ ۖ وَوَقَاهُمْ عَذَابَ الْجَحِيمِ ﴿۵۷﴾

تِمن پییہ نہٕ تِمن (جنتن) منز کانٛہہ موت، گوڈنکِہ موتہٕ ورٲئی (یُس آخرتہٕ چہہ زندگی برونٹھہ آمت چھکھ) تہٕ اللہ (تعالیٰ) بچاوِ تِمن جہنمہٕ کِہ عذابہٕ نِشہٕ۔

فَضْلًا مِّن رَّبِّكَ ۚ ذَٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْعَظِيمُ ﴿۵۸﴾

یہ آسہِ چانٛس پروردگارہٕ سندِ طرفہٕ فضلہٕ کِنہِ (نہ زِ حقہٕ کِس منوٚرتس منز) تہٕ یہ چھیہٕ اکھ سیٹھا بُڈ کامیابی۔

فَإِنَّمَا يَسَّرْنَاهُ بِلِسَانِكَ لَعَلَّهُمْ يَتَذَكَّرُونَ ﴿۵۹﴾

اَدٕ بوزٕ، اسہِ چھُ یہ قرآن چانہٕ زبانۍ منز سہل کٔرِتھ نازِل کوٚرمُت۔ یُتھ زَن یم لوٗکھ (عربہٕ وٲلۍ) نصیحت رٹن۔

فَارْتَقِبْ إِنَّهُم مُّرْتَقِبُونَ ﴿۶۰﴾

اَو کِنۍ ژٕ تہٕ پیہار انجامس (تہٕ) تِم تہٕ پیہارن۔




سوٗرۃ جاثیہ۔ یہ سوٗرہ چھُ مکی تہٕ بسم اللہ ہیتھ چھہ اتھ ارتٕرہ آیہ بیہ ژھیس ژوٗر رکوٗع۔

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ①

(بہ ژھیس) اللہ (تعالیٰ) سُند ناو ہیتھ (پران) یُس حدٕ رٔوس کرم کرن وول (تہٕ) پھیرِ پھیرِ رحم کرن وول چھُ۔

حٰمٓ ②

حمید (تہٕ) مجید (خدا چھُ یہ سوٗرہ نازل کرن وول)۔

تَنْزِيْلُ الْكِتٰبِ مِنَ اللّٰهِ الْعَزِيْزِ
الْحَكِيْمِ ③

یہ کتاب چھیہٕ غالب تہٕ حکمتہٕ وٲلِس اللہ (تعالیٰ) سندِ طرفہٕ نازل کرنہٕ آمژ۔

اِنَّ فِي السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ لَاٰيٰتٍ
لِّلْمُؤْمِنِيْنَ ④

آسمانن تہٕ زمینہٕ منز چھہ موٗمنن ہندِ خاطرٕ بڑٕ نشانہٕ۔

وَفِيْ خَلْقِكُمْ وَمَا يَبُثُّ مِنْ دَآبَّةٍ اٰيٰتٌ
لِّقَوْمٍ يُّوْقِنُوْنَ ⑤

بیہ یتھے پاٹھی تُہنٛز پیدایشہٕ منز تہٕ بیہ تتھ منز یہ سہ (اللہ تعالیٰ) زٕو ذارٕو منز (زمینہٕ منز) پھہلاوان چھُ، پزٕ کرن والیٚن قومن باپتھ چھہ نشانہٕ۔

وَاخْتِلَافِ الَّيْلِ وَالنَّهَارِ وَمَآ اَنْزَلَ اللّٰهُ
مِنَ السَّمَآءِ مِنْ رِّزْقٍ فَاَحْيَا بِهِ الْاَرْضَ
بَعْدَ مَوْتِهَا وَتَصْرِيْفِ الرِّيٰحِ اٰيٰتٌ
لِّقَوْمٍ يَّعْقِلُوْنَ ⑥

تہٕ راتٕ ہندِس تہٕ دۄہس پتہٕ بروٗنٛہہ ییٚنس منز تہٕ بیہ یہ اللہ (تعالیٰ) ہن رزقک موجب آب اوبرٕ منزٕ وولمُت چھُ ییٚتہٕ چھُن تمہ ستیٚ زمین مرنہٕ پتہٕ زندٕ کرمُژ (تتھ منز تہٕ)، تہٕ واو ژھٹن ہندِس اورٕ یورٕ پکناوِنس منز تہٕ چھہ عقلہٕ والیٚن قومن باپتھ سیٹھا نشانہٕ۔

تِلْكَ اٰيٰتُ اللّٰهِ نَتْلُوْهَا عَلَيْكَ بِالْحَقِّ ۚ
فَبِاَيِّ حَدِيْثٍ بَعْدَ اللّٰهِ وَاٰيٰتِهٖ
يُؤْمِنُوْنَ ⑦

یم ساری چھہ اللہ (تعالیٰ) ہندی نشانہٕ یم اَسی پُورٕ پزٕ سان ژےٚ بروٗنٛہہ کنہٕ بیان کران چھ۔ اد (وٕنی توٚتہٕ) اللہ (تعالیٰ) تہٕ تمیٚ سٕندیو نشانو پتہٕ کتھ چیزس پیٹھ انن یم ایمان۔

وَيْلٌ لِّكُلِّ اَفَّاكٍ اَثِيْمٍ ⑧

پرتھ اپزیارِس تہٕ گونہگارس کیٛت چھُ عذاب مقدر۔

يَّسْمَعُ اٰيٰتِ اللّٰهِ تُتْلٰى عَلَيْهِ ثُمَّ يُصِرُّ
مُسْتَكْبِرًا كَاَنْ لَّمْ يَسْمَعْهَا ۚ فَبَشِّرْهُ
بِعَذَابٍ اَلِيْمٍ ⑨

یُس تم آیہ بوزان چھُ یم تس بروٗنٛہہ کنہٕ بیان کرنہٕ یوان چھہ، پتہٕ چھُ تکبر سان پتہٕ پرتھ کتھِ پیٹھ ڈٹھ روزان، زنتہٕ تمیٚ خلیہ

سندی نشانیُ ٻُڌي ٿو. لهذا هيڪس شخص دِ ته دگه وار عذابَ جي خبر.

وَإِذَا عَلِمَ مِنْ اٰيٰتِنَا شَيْـًٔا اتَّخَذَهَا
هُزُوًا ۭ اُولٰۗىِٕكَ لَهُمْ عَذَابٌ مُّهِيْنٌ ۝۹

بيه ڄڏهن سُه شخص سانهو نشانيو مان ڪانهه خبرا لهان ڇهه ته تهه ڀڇه ٺٺه ٺٺان. هيڪين لوڪن واته رُسوا ڪرڻ وول عذاب.

مِنْ وَّرَاۗىِٕهِمْ جَهَنَّمُ ۚ وَلَا يُغْنِيْ عَنْهُمْ
مَّا كَسَبُوْا شَيْـًٔا وَّلَا مَا اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِ
اللّٰهِ اَوْلِيَاۗءَ ۚ وَلَهُمْ عَذَابٌ عَظِيْمٌ ۝۱۰

ٿمن برونهه ڪنه ڇهه جهنم، ته تهندی اعمال دن ته ٿمن ڪهني ته نفع ته نه (ڊنکه) ٿم معبود (نفع). يم ٿمو الله (تعالیٰ) هس ورائي پراوته تهاوی هتي ڇهه. بيه واته ٿمن سهٺا ٻوڏ عذاب.

هٰذَا هُدًى ۚ وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا بِاٰيٰتِ
رَبِّهِمْ لَهُمْ عَذَابٌ مِّنْ رِّجْزٍ اَلِيْمٌ ۝۱۱

يه ڇهه (لوز) هدايت ته يمو پينس پرورد ڳا سر سندين آين هند ڪفر ڪورمت ڇهه ٿمن واته يونلين لوزا ڪرنه ڪه سببه دگه دلر عذاب[1].

اَللّٰهُ الَّذِيْ سَخَّرَ لَكُمُ الْبَحْرَ لِتَجْرِيَ
الْفُلْكُ فِيْهِ بِاَمْرِهٖ وَلِتَبْتَغُوْا مِنْ فَضْلِهٖ
وَلَعَلَّكُمْ تَشْكُرُوْنَ ۝۱۲

الله (تعالیٰ)، ڇهه سُه يمي سمندر تهندين خدمتس پيٺه لاگهه تهوومت ڇهه يُهه زن تسندِ حکمه سيتي تهه منز ناو پکن ته يُهه زِ توهي (ٿمن هندِ واسطه) تسندُ فضل ٿرهاندوث[2]. بيه يُهه زن توهي شڪرانه ڪرو.

وَسَخَّرَ لَكُمْ مَّا فِي السَّمٰوٰتِ وَمَا فِي
الْاَرْضِ جَمِيْعًا مِّنْهُ ۭ اِنَّ فِيْ ذٰلِكَ لَاٰيٰتٍ
لِّقَوْمٍ يَّتَفَكَّرُوْنَ ۝۱۳

بيه يه ڪيٿرها آسمانن منز ته زمينه منز ڇهه، سر ساٿم ڇهه تمو تهندين خدمتس پيٺه لاگهه تهوومت اته منز ڇهه سوچن واله قومه باپهه بڙي نشانه.

قُلْ لِّلَّذِيْنَ اٰمَنُوْا يَغْفِرُوْا لِلَّذِيْنَ
لَا يَرْجُوْنَ اَيَّامَ اللّٰهِ لِيَجْزِيَ قَوْمًۢا
بِمَا كَانُوْا يَكْسِبُوْنَ ۝۱۴

ته ون موبنن زِ يم لوکه الله (تعالیٰ) سندس سزهس کهوٺران ڇهنه ٿمن ڪرن معاف. تميڪ نتيجه نيرِ يه زِ خداے ديه (پانه) هيڪس قومس تهندين اعمالن هند جزا.

يُس ڪانٺها ايمانه مطابق عمل ڪران ڇهه تميڪ فائيده ڇهه تمو هندي پسے ٺرُوس واتان ته يُس ڪانهه ناڪاره ڪامه ڪران ڇهه تميڪ نوقصان (ته) ڇهه تمو هندي پسے ٺرُوس واتان، پيته هيو توهي پينس پروردگارس

مَنْ عَمِلَ صَالِحًا فَلِنَفْسِهٖ ۚ وَمَنْ اَسَاۗءَ
فَعَلَيْهَا ۡ ثُمَّ اِلٰى رَبِّكُمْ تُرْجَعُوْنَ ۝۱۵

---

[1] رِجْزاً: اميڪ لفظي معنی ڇهه ناپاڪي ته يته ايس منز ڇهه شرک ڪرن مراد.
[2] يعنے سمندري تجارت ڪرِته ڪماوِ نفع.

کُن واپس ہٹنہ ۔

وَلَقَدْ اٰتَيْنَا بَنِيْٓ اِسْرَاۗءِيْلَ الْكِتٰبَ وَالْحُكْمَ وَالنُّبُوَّةَ وَرَزَقْنٰهُمْ مِّنَ الطَّيِّبٰتِ وَفَضَّلْنٰهُمْ عَلَي الْعٰلَمِيْنَ ١٦

بیہ اُس اسہ بنی اسرائیلن کتاب تہ حکومت تہ نبوّت بخشاؤ مہتر تہ پاکیزہ چیزو مہتر اوسکھ رزق عطا کورمُت تہ پستہ زمانہ کہن لوکن ہیٹھ بخشاویایہ ہتمن فضیلت ۔

وَاٰتَيْنٰهُمْ بَيِّنٰتٍ مِّنَ الْاَمْرِ ۚ فَمَا اخْتَلَفُوْٓا اِلَّا مِنْۢ بَعْدِ مَا جَاۗءَهُمُ الْعِلْمُ ۙ بَغْيًۢا بَيْنَهُمْ ۭ اِنَّ رَبَّكَ يَقْضِيْ بَيْنَهُمْ يَوْمَ الْقِيٰمَةِ فِيْمَا كَانُوْا فِيْهِ يَخْتَلِفُوْنَ ١٧

بیہ کرِیایہ اُسہ ہتمن ڈاکارِ شریعت عطا تہ بنی اسرائیلو کور تمی وقتہ تتھ مہتر اختلاف بیلہ ہتمن ہش پُورِ پُور عُلم (یعنے قرآن) آو۔ یہ (اختلاف) اوس تہنزِ پانہ واَنی سرکشی ہندِ سببہ ۔ چون پروردگار کرِ ہتمن درمیان قیامتہ کہ دوہ تہنزن اختلافہ واجنِین کتھن متعلق فاصلہ ۔

ثُمَّ جَعَلْنٰكَ عَلٰي شَرِيْعَةٍ مِّنَ الْاَمْرِ فَاتَّبِعْهَا وَلَا تَتَّبِعْ اَهْوَاۗءَ الَّذِيْنَ لَا يَعْلَمُوْنَ ١٨

بیہ چھکھ اسہ ژ شریعتہ کِس اُکِس طریقس پیٹھ مقرر کورمُت لہذا ژ پکھ اتھ پتہ پتہ تہ ہتمن لوکن ہنزن خاہشن پتہ مہ پکھ یِم عُلم رچھنہ تھاوان ۔

اِنَّهُمْ لَنْ يُّغْنُوْا عَنْكَ مِنَ اللّٰهِ شَـيْـــًٔا ۭ وَاِنَّ الظّٰلِمِيْنَ بَعْضُهُمْ اَوْلِيَاۗءُ بَعْضٍ ۚ وَاللّٰهُ وَلِيُّ الْمُتَّقِيْنَ ١٩

ہتم ہیکہ نے تہ ژیہ اللہ (تعالے) ہس مقابلہ کینہی فائدہ واتناوِتھ ، بیہ چھ ظالم پانہ واَنی اکھ اُکِس پناہ دِنہ واَلی ، تہ اللہ (تعالے) چھ متقین پناہ دِنہ وول ۔

هٰذَا بَصَاۗىِٕرُ لِلنَّاسِ وَهُدًى وَّرَحْمَةٌ لِّقَوْمٍ يُّوْقِنُوْنَ ٢٠

یمہ (تعلیمہ) چھِنہ لوکن ہندِ خاطرِ عقلی دلیلہ تہ یژھ تھوَن والہ قومہ باپتھ چھیہ ہدایت تہ رحمتک باعث ۔

اَمْ حَسِبَ الَّذِيْنَ اجْتَرَحُوا السَّيِّاٰتِ اَنْ نَّجْعَلَهُمْ كَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ ۙ سَوَاۗءً مَّحْيَاهُمْ وَمَمَاتُهُمْ ۭ سَاۗءَ مَا يَحْكُمُوْنَ ٢١ ع

کیا یمو لوکو بدیہ کری مہتر چھیہ ہتم چھا خیال کران زِ اُسی دِمو ہتمن مومنن تہ الیسا تہ مطابق عمل کران والین ہُند ہیُو درجہ ؟ یتھکنہ زِ ہتمن دوہونی ہنز زندگی تہ موت گژھن برابر ؟ ہتم چھ سیٹھا بچھ فاصلہ کران ۔

وَخَلَقَ اللّٰهُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ بِالْحَقِّ وَلِتُجْزٰى كُلُّ نَفْسٍۢ بِمَا كَسَبَتْ وَهُمْ لَا يُظْلَمُوْنَ ٢٢

بیہ اللہ (تعالے) ہِن چھ آسمان تہ زمین اکِہ ابدی قونونہ مطابق پادٕ کری ہتی تہ تمیک نتیجہ نیرِ یہ زِ پرتھ شخص میلہ تسنزِ عملہ مطابق

جزا ته انھن مٿن پاڻ سان ڪنهن به طرح ظلم ڪرڻو.

اَفَرَءَيْتَ مَنِ اتَّخَذَ اِلٰهَهٗ هَوٰىهُ وَاَضَلَّهُ اللّٰهُ عَلٰى عِلْمٍ وَّخَتَمَ عَلٰى سَمْعِهٖ وَقَلْبِهٖ وَجَعَلَ عَلٰى بَصَرِهٖ غِشٰوَةً ؕ فَمَنْ يَّهْدِيْهِ مِنْۢ بَعْدِ اللّٰهِ ؕ اَفَلَا تَذَكَّرُوْنَ ﴿۲۳﴾

ڪيا ٿو ڏيکين ته جنهن شخص پنهنجي خواهش کي پنهنجو معبود بنايو آهي؟ ۽ الله (تعاليٰ) هن شخص کي ڪامل علم هوندي گمراه قرار ڏئي ڇڏيو، ۽ ان جي ڪنن ۽ دل تي مهر هڻي ڇڏي ۽ اکين تي پردو وجهي ڇڏيو، اهڙي ماڻهوءَ کي الله (تعاليٰ) کانسواءِ (ٻيو) ڪير هدايت ڏئي سگهي ٿو؟ ڇا پوءِ به توهان نصيحت نٿا وٺو؟

وَقَالُوْا مَا هِيَ اِلَّا حَيَاتُنَا الدُّنْيَا نَمُوْتُ وَنَحْيَا وَمَا يُهْلِكُنَآ اِلَّا الدَّهْرُ ۚ وَمَا لَهُمْ بِذٰلِكَ مِنْ عِلْمٍ ۚ اِنْ هُمْ اِلَّا يَظُنُّوْنَ ﴿۲۴﴾

۽ هو چون ٿا ته اسان جي هيءَ دنيا جي زندگي ئي سڀ ڪجهه آهي، هتي ئي زندگي گذاريون ٿا مرون ٿا، ۽ اسان کي ڪنهن ٻئي لطف ملڻ جي اميد ناهي ۽ زماني جي گردش (يعني وقت گذرڻ) اسان کي هلاڪ ڪري ٿي. انهن وٽ ان بابت ڪو علم ڪونهي، اهي فقط خيالي ڳالهيون ڪن ٿا.

وَاِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُنَا بَيِّنٰتٍ مَّا كَانَ حُجَّتَهُمْ اِلَّآ اَنْ قَالُوا ائْتُوْا بِاٰبَآئِنَآ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ﴿۲۵﴾

۽ جڏهن انهن کي اسان جون صاف صاف آيتون پڙهي ٻڌايون وڃن ٿيون ته انهن وٽ ان کانسواءِ ڪو جواب ڪونهي ته چون ٿا ته جيڪڏهن توهان سچا آهيو ته اسان جي ابن ڏاڏن کي اٿاري (زنده ڪري) آڻيو.

قُلِ اللّٰهُ يُحْيِيْكُمْ ثُمَّ يُمِيْتُكُمْ ثُمَّ يَجْمَعُكُمْ اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ لَا رَيْبَ فِيْهِ وَلٰكِنَّ اَكْثَرَ النَّاسِ لَا يَعْلَمُوْنَ ﴿۲۶﴾ ع

(اي پيغمبر) چئو ته الله (تعاليٰ) ئي توهان کي زنده ڪري ٿو پوءِ (سو ئي) ماري ٿو توهان کي، پوءِ اهو ئي توهان کي قيامت جي ڏينهن گڏ ڪندو. (جنهن جي اچڻ) ۾ ڪو شڪ ناهي. پر گهڻا ماڻهو اهو نٿا ڄاڻن.

وَلِلّٰهِ مُلْكُ السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ؕ وَيَوْمَ تَقُوْمُ السَّاعَةُ يَوْمَئِذٍ يَّخْسَرُ الْمُبْطِلُوْنَ ﴿۲۷﴾

۽ آسمانن ۽ زمين ۾ بادشاهي الله (تعاليٰ) جي آهي. ۽ جنهن ڏينهن قيامت قائم ٿيندي تنهن ڏينهن باطل وارا نقصان ۾ هوندا.

وَتَرٰى كُلَّ اُمَّةٍ جَاثِيَةً ۫ كُلُّ اُمَّةٍ تُدْعٰٓى اِلٰى كِتٰبِهَا ؕ اَلْيَوْمَ تُجْزَوْنَ مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿۲۸﴾

۽ تون ڏسندين ته هر هڪ امت گوڏن ڀر ڪري پئي هوندي. هر هڪ امت کي ان جي اعمالنامي ڏانهن سڏيو ويندو. (چيو ويندو ته) اڄ اوهان کي

هٰذَا كِتٰبُنَا يَنْطِقُ عَلَيْكُمْ بِالْحَقِّ ؕ اِنَّا كُنَّا نَسْتَنْسِخُ مَا كُنْتُمْ تَعْمَلُوْنَ ﴿٢٩﴾

ووهه هر پيه توهه تهندو اعمالو مطابق جزا ڏني۔
(بيه ولو اسي، ڏڇو) يه ڇهيه ساڻي ڪتاب،
يوسه توهه خلاف پُرز پُرز شهادت ڏوان ڇهيه
يه ڪيترڙها توهي عمل ڪران اُسي ڏُ اسي آسي ته
ليکهان روزان۔

فَاَمَّا الَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ فَيُدْخِلُهُمْ رَبُّهُمْ فِيْ رَحْمَتِهٖ ؕ ذٰلِكَ هُوَ الْفَوْزُ الْمُبِيْنُ ﴿٣٠﴾

ادِ يم لوکه مؤمن اُسي ته يمو نيک عمل ڪرُ ميتر
اُس ہتن تهو تهند پروردگار سينس رحمتس
(يعني تمه ڪس ساليس) تل۔ ته يهي ڇهيه ٹاکاره
ڪاميابي۔

وَاَمَّا الَّذِيْنَ كَفَرُوْا ۟ اَفَلَمْ تَكُنْ اٰيٰتِيْ تُتْلٰى عَلَيْكُمْ فَاسْتَكْبَرْتُمْ وَكُنْتُمْ قَوْمًا مُّجْرِمِيْنَ ﴿٣١﴾

بيه ہتم لوکه يم ڪافر بنے هتي اُسي (تمن بيه
ونيه زِ) ڪيا توهه اُسي ڏُ ناه مياڻي آيه پُرته
بوزتاونه يوان؟ ته ڪرِهه ته اُسي ڏُ توهي تڪبر
ڪران، ته توهي اُسي ڏُ مجرِم قوس منز شامل
سيدو هتو۔

وَاِذَا قِيْلَ اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ وَّالسَّاعَةُ لَا رَيْبَ فِيْهَا قُلْتُمْ مَّا نَدْرِيْ مَا السَّاعَةُ ۙ اِنْ نَّظُنُّ اِلَّا ظَنًّا وَّمَا نَحْنُ بِمُسْتَيْقِنِيْنَ ﴿٣٢﴾

بيه يٹيله ہتمن يه ونيه ڇهه يوان زِ الله (تعالےٰ)
سنڌ وعده ڇهه برحق ته (ڏُنيه، پيج) اُخري
تباهي ڇهيه ضرور بينه واجني۔ تته منز ڇهنه
ڪهنهي شک، ته اتهه بيهٹ ڇهه ہتم ونان زِ اُسي
ڇهنه زانان قيامت ڪيا چيز ڇهه؟ اسه ته پڇهه
تته متعلق يوہے گمانه هيو۔ ته اسه ڇهنه تته
بيهٹ ڪاثهه پڙهه۔

وَبَدَا لَهُمْ سَيِّاٰتُ مَا عَمِلُوْا وَحَاقَ بِهِمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ ﴿٣٣﴾

ته تمه وقته سيدن ہتمن بيهٹ تهندين اعمالن هنز
خرابيه ننه، ته يمن ڪهتن بيهٹ ہتم ٹيپه ٹرٹان
اُسي (يعني ہتمن هند اُسي انڪار ڪران۔) ہتم بين
ہتمن ولنه (ته پُرزي پاٹهو ين تهنزن اُڇهن
بروٹهٹ ڪن)۔

وَقِيْلَ الْيَوْمَ نَنْسٰىكُمْ كَمَا نَسِيْتُمْ لِقَآءَ يَوْمِكُمْ هٰذَا وَمَاْوٰىكُمُ النَّارُ وَمَا لَكُمْ مِّنْ نّٰصِرِيْنَ ﴿٣٤﴾

ته ہتمن پيه ونيه زِ از ڇهو اسه توهي تتهے پاٹهو
(مدد ورآيي) مُشتراوته ڙهنو هتو، يته پاٹهو
توهه يتيمه ڏيکه مُلاقاتڪ خيال مُشتراوته ڙهنت
اوسو ته تهند ٹهکانه آسه نار، ته ڪهنهي آسه نه

تهنجي مدد ڪرڻ وارو.

ذٰلِكُمْ بِاَنَّكُمُ اتَّخَذْتُمْ اٰيٰتِ اللّٰهِ هُزُوًا وَّغَرَّتْكُمُ الْحَيٰوةُ الدُّنْيَا ۚ فَالْيَوْمَ لَا يُخْرَجُوْنَ مِنْهَا وَلَا هُمْ يُسْتَعْتَبُوْنَ ﴿٣٥﴾

هي سڀ اوهان کي ان ڪري آهي جو اوهان الله (تعالى) جي نشانين کي ٺٺوليون ۽ مسخري جو باعث بڻايو هو ۽ دنيا جي زندگي اوهان کي ڌوکو ڏئي ڇڏيو. لهذا اڄ نه ته اهي ان عذاب مان ڪڍيا ويندا ۽ نه ئي انهن طرفان خدا کي راضي ڪرڻ جي ڪا به ڪوشش قبول ڪئي ويندي.

فَلِلّٰهِ الْحَمْدُ رَبِّ السَّمٰوٰتِ وَرَبِّ الْاَرْضِ رَبِّ الْعٰلَمِيْنَ ﴿٣٦﴾

لهذا ساري تعريف ان الله (تعالى) جي لاءِ آهي جيڪو آسمانن جو پروردگار آهي ۽ زمين جو پروردگار آهي ۽ سڀني جهانن جو به پروردگار آهي.

وَلَهُ الْكِبْرِيَآءُ فِى السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضِ ۪ وَهُوَ الْعَزِيْزُ الْحَكِيْمُ ﴿٣٧﴾

۽ آسمانن ۽ زمين ۾ ان جي ئي وڏائي آهي ۽ اهو غالب (۽) حڪمت وارو آهي.



سُوْرَةُ الْاَحْقَافِ مَكِّيَّةٌ وَّهِيَ مَعَ الْبَسْمَلَةِ سِتٌّ وَّثَلٰثُوْنَ اٰيَةً وَّاَرْبَعَةُ رُكُوْعَاتٍ

**سورة احقاف:** هيءَ سورة مڪي آهي ۽ بسم الله سميت ان جون ڇٽيهه آيتون ۽ چار رڪوع آهن.

---

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ﴿١﴾

(آءٌ شروع ڪريان ٿو) الله (تعالى) جي نالي سان جيڪو (پنهنجي) مخلوق تي ڪرم ڪرڻ وارو (۽) تمام گهڻو رحم ڪرڻ وارو آهي.

حٰمٓ ﴿٢﴾

حميد ۽ مجيد (خدا آهي جيڪو هن سورة کي نازل ڪرڻ وارو)

تَنْزِيْلُ الْكِتٰبِ مِنَ اللّٰهِ الْعَزِيْزِ الْحَكِيْمِ ﴿٣﴾

هي ڪتاب (مجيد) ان الله (تعالى يعني) غالب ۽ حڪمت واري هستي جي طرفان نازل ڪيو ويو آهي.

مَا خَلَقْنَا السَّمٰوٰتِ وَالْاَرْضَ وَمَا بَيْنَهُمَآ اِلَّا بِالْحَقِّ وَاَجَلٍ مُّسَمًّى ؕ وَالَّذِيْنَ كَفَرُوْا عَمَّآ اُنْذِرُوْا مُعْرِضُوْنَ ﴿٤﴾

(اهو آهي سڀ کان وڏو) اسان جيڪي آسمان ۽ زمين ۽ جيڪي انهن ٻنهي جي وچ ۾ آهي پيدا ڪيو آهي سو حق سان ۽ هڪ مقرر مدت تائين. ۽ جن ماڻهن انڪار ڪيو آهي سي انهيءَ شيءِ کان منهن موڙيندڙ آهن جنهن کان کين خبردار ڪيو ويو هو.

قُلْ اَرَءَيْتُمْ مَّا تَدْعُوْنَ مِنْ دُوْنِ
اللّٰهِ اَرُوْنِيْ مَاذَا خَلَقُوْا مِنَ الْاَرْضِ
اَمْ لَهُمْ شِرْكٌ فِي السَّمٰوٰتِ ؕ اِيْتُوْنِيْ
بِكِتٰبٍ مِّنْ قَبْلِ هٰذَاۤ اَوْ اَثٰرَةٍ مِّنْ
عِلْمٍ اِنْ كُنْتُمْ صٰدِقِيْنَ ۝٤

ژٕ وَن تِمن ، یِمن زِ مےٚ وُنِ تو تِژٕ شُہی زِ یِمن توٚہۍ خدایس وراَے آلو کران چھِو تِمو زمینہٕ ہنٛدِ کَس کَس چیٖزٕ چھُ پاَدٕ کوٚرمُت ؟ یا آسمان پاَدٕ کرنس منٛز چھا تِہنٛد کانٛہہ دخل ؟ ہرگاہ توٚہۍ اتھ دعویٰس منٛز پُزِ پاَرۍ چھِو تہٕ برونٛٹھِمہِ گٕنٛزِ کِتابہِ ہُنٛز دٔلیٖل کٔرِو تو پیش یا اگر (کانٛہہ کِتاب چھےٚنہٕ تہٕ) توٚہۍ پُزِ پاَرۍ چھِو ، تہٕ کانٛہہ عٕلمی دٔلیٖلے کٔرِو پیش۔

وَ مَنْ اَضَلُّ مِمَّنْ يَّدْعُوْا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ
مَنْ لَّا يَسْتَجِيْبُ لَهٗۤ اِلٰى يَوْمِ الْقِيٰمَةِ
وَهُمْ عَنْ دُعَآئِهِمْ غٰفِلُوْنَ ۝٥

بیہ تِسٕنٛدِ کھوتہٕ جاہِل وۄنۍ کُس آسہِ یُس اللہ (تعالیٰ) ہس وراَے تِمن (ہستین) آلو کران چھُ یِمہٕ قیامتس تام تِسنٛد کانٛہہ دعا قبوٗل کٔرِتھ ہیٚکن نہٕ بلکہ تِم (ہستیہ) چھِےٚ تِہنٛدِ دُعاہو نِشہِ زِبر بے عِلم۔

وَاِذَا حُشِرَ النَّاسُ كَانُوْا لَهُمْ اَعْدَآءً
وَّكَانُوْا بِعِبَادَتِهِمْ كٰفِرِيْنَ ۝٦

بیہ یُتھٕ لُوکھ دُوبارٕ زِنٛدٕ کٔرِتھ ٹھلنہٕ یِن ، تِم (اِژِی بناوِی ہٕنٛز معبود) آسن تِہنٛدۍ دُشمن بیہ کرن تِہنٛدِس عباتس اِنکار۔

وَاِذَا تُتْلٰى عَلَيْهِمْ اٰيٰتُنَا بَيِّنٰتٍ قَالَ
الَّذِيْنَ كَفَرُوْا لِلْحَقِّ لَمَّا جَآءَهُمْ ۙ هٰذَا
سِحْرٌ مُّبِيْنٌ ۝٧

بیہ یُٹھِ تِمن ساَنۍ ساکارٕ آیہٕ بوزناوِنہٕ یِوان چھِ تہٕ کُفار چھِ پزرچ کتھ بوٗزِتھ وَنان زِ یہِ چھُ اکھ ننٛوٚ واَنہٕ جوٗد (اَتھ کتھِ پاَٹھۍ مانوٗیہ) ؟

اَمْ يَقُوْلُوْنَ افْتَرٰىهُ ؕ قُلْ اِنِ افْتَرَيْتُهٗ
فَلَا تَمْلِكُوْنَ لِيْ مِنَ اللّٰهِ شَيْئًا ؕ هُوَ
اَعْلَمُ بِمَا تُفِيْضُوْنَ فِيْهِ ؕ كَفٰى بِهٖ
شَهِيْدًاۢ بَيْنِيْ وَبَيْنَكُمْ ؕ وَهُوَ الْغَفُوْرُ
الرَّحِيْمُ ۝٨

کیا تِم چھا یہِ وَنان ؟ زِ یہِ (قرآن) چھُ تٔمۍ پانٛہٕ پانَے بنوومُت ، ژٕ وَن تِمن زِ اگر مےٚ یہِ پانٛہٕ پانَے بنوومُت چھُ تہٕ (بہٕ چھُس خدایہ سنٛدِ سزاہُک حقدار تہٕ) توٚہۍ ہیٚکِو نہٕ مےٚ خدایہ سنٛدِ عذابہٕ کِہ گٕنٛزِ حصہٕ نِشہِ تہٕ بچاوِتھ۔ سُہ چھُ تِمہ کتھِ زیٛرِ پاٹھۍ زانان یِمہٕ توٚہۍ بے مطلب کران روزان چھِو۔ سُہ چھُ توٚہِ تہٕ مےٚ منٛز باگہٕ شہادتہٕ کِہ رنٛگہٕ کاَفی۔ بیہ چھُ سُہ سیٹھا بخشن وول تہٕ پھیرِ پھیرِ رحم کرن وول۔

قُلْ مَا كُنْتُ بِدْعًا مِّنَ الرُّسُلِ وَمَاۤ
اَدْرِيْ مَا يُفْعَلُ بِيْ وَلَا بِكُمْ ؕ اِنْ اَتَّبِعُ

ژٕ وَن تِمن زِ بہٕ نہٕ چھُس نہٕ دُنیاہس منٛز گوڈنیُک رسوٗل۔ (مےٚ برونٛٹھ چھِ بیہ کیٛنٛہہ یا رسوٗل گُذرے

إِلَّا مَا يُوحَىٰ إِلَيَّ وَمَا أَنَا إِلَّا نَذِيرٌ
مُّبِينٌ ⑩

ہتی ) بیہ میٚہ چھہٕ پتاہٕ زِ خدا (تعالےٰ) میٚہ
سیتی کیا معاملہٕ کرِ، نہٕ چھم یہ خبر زِ توہہٕ سیتی
کیا معاملہٕ کرِ؟ بہٕ تہٕ چھُس صرف تمہِ وُحیہ
ہنٛز پاروی کران یوسہٕ میٚہ پیٹھ نازِل سپدان
ہتہٕ چھیٚہ ۔ بیہ بہٕ چھُس اکھ تنہٕ وانہٕ ہُشیار
کرن وول۔

قُلْ أَرَءَيْتُمْ إِن كَانَ مِنْ عِندِ اللَّهِ
وَكَفَرْتُم بِهِۦ وَشَهِدَ شَاهِدٌ مِّنۢ بَنِيٓ
إِسْرَٰٓءِيلَ عَلَىٰ مِثْلِهِۦ فَـَٔامَنَ وَٱسْتَكْبَرْتُمْ ۖ
إِنَّ اللَّهَ لَا يَهْدِي الْقَوْمَ الظَّٰلِمِينَ ⑪ ع

تہٕ ونکھ میٚہ وُنی تو تہٕ سُہی زِ اگر میانٛی وُحی خدایہ
سِندِ طرفہٕ آس تہٕ توہہٕ کوٚرو تمیُک انکار۔ امہِ باوجود
زِ بنی اسرائیلو منٛزٕ چھُ اکھ گواہ (یعنے موسیٰ)
گواہی دِتھ گومُت ۔ زِ تس ہیوے اکھ شخص
سپدِ ظاہر (تہٕ یہ سپدِ نا اکھ عجیب کتھ زِ سُہ
پیٚس بروٛنٛہہ گُذریومُت اوس) تمیُٔ تہِ اوٚن
ایمان تہٕ توہہِ (یہندس زمانس منٛز سہٕ آمُت
چھُ) چھِو تکبّرس کام ہیوان۔ اللّٰہ (تعالےٰ) چھُنہٕ
ظُلم کرن والین نہٕ ہیپے ہدایتھ دِتھ ہاوان۔

وَقَالَ الَّذِينَ كَفَرُوا لِلَّذِينَ ءَامَنُوا لَوْ
كَانَ خَيْرًا مَّا سَبَقُونَآ إِلَيْهِ ۚ وَإِذْ لَمْ
يَهْتَدُوا بِهِۦ فَسَيَقُولُونَ هَٰذَآ إِفْكٌ
قَدِيمٌ ⑫

بیہ کُفار چھِ مومن ونان زِ اگر قرآن کانہہ رُٹ تعلیم
آسِہے تہٕ یم (مومن) ہیکہٕ ہن نہٕ ایمان اَنٛنس منٛز
اَسہِ بروٛنٛہہ نیرِتھ۔ تہٕ کیازِ یمن (کُفارن) پیٹھ سپزٕ
نہٕ اَمیُک صداقت نٛزٕ ہتم ونَن (نامرادی تہٕ ژکھ
منٛز ہیپے کتھ) زِ یہ تہٕ چھُ اکھ پرون اپٕز ایٚس
بروٛنٛہم لُکھ تہٕ خدایس متعلق ونان آمتی چھِ)

وَمِن قَبْلِهِۦ كِتَٰبُ مُوسَىٰٓ إِمَامًا وَرَحْمَةً ۚ
وَهَٰذَا كِتَٰبٌ مُّصَدِّقٌ لِّسَانًا عَرَبِيًّا
لِّيُنذِرَ الَّذِينَ ظَلَمُوا وَبُشْرَىٰ
لِلْمُحْسِنِينَ ⑬

یوزوَے تہٕ یمہِ بروٛنٛہہ چھِ موسیٰ ہنٛز کتاب
تہٕ گُذرے ہتہٕ، یوسہٕ رہنمائی کرن واجنٕ تہٕ آس
تہٕ رحمت تہٕ آس ۔ تہٕ یہ (قرآن) چھِ اکھ تژھ
کتاب یوسہٕ (پانس بروٛنٛہہ ہِن کتابن) تصدیق
کران چھیٚہ ، بیہ چھیٚہ عربی زبانٛی منٛز یتھ زِ ن
یمو ظُلم کوٚرمُت چھُ تمن کرِ ہُشیار تہٕ یم لُکھ
خدائی حُکمہٕ مطابق کام کران چھِ تمن دِیہ خوشخبر۔

إِنَّ الَّذِينَ قَالُوا رَبُّنَا اللَّهُ ثُمَّ
اسْتَقَٰمُوا فَلَا خَوْفٌ عَلَيْهِمْ وَلَا هُمْ

(یعنے) تم لُکھ یم یہ ونان چھِ زِ اللّٰہ (تعالےٰ) ہے
چھُ سون پروردگار پتہٕ چھِ تم امہ دعویٰ ہس

يَحْزَنُوْنَ ﴿۱۳﴾

پیٹھ مقبوٗلی سان قٲیِم سپدان ادِ یتھین لوٗکن نہ تہٕ آسہِ کُنہِ بروٚنٹھ کُن سپدن واجنہِ کتھہِ ہُند خوف تہٕ نہ آیکھ پتہٕ مہ زمانہٕ چہِ کُنہِ کوتاہی ہُند غم۔

أُولٰٓئِكَ أَصْحٰبُ الْجَنَّةِ خٰلِدِيْنَ فِيْهَا ۚ
جَزَآءًۢ بِمَا كَانُوْا يَعْمَلُوْنَ ﴿۱۴﴾

یِم لوٗکھ چھِ جنتس گرٕھن واٖلی (تہٕ) یِم گرٕھن اتھ منٛز ہمیشہِ پتہٕ پنٕن اعمالن ہُندِ بدلہٕ کنہ روزان۔

وَوَصَّيْنَا الْاِنْسَانَ بِوَالِدَيْهِ اِحْسٰنًا ؕ
حَمَلَتْهُ اُمُّهٗ كُرْهًا وَّوَضَعَتْهُ كُرْهًا ؕ وَ
حَمْلُهٗ وَفِصٰلُهٗ ثَلٰثُوْنَ شَهْرًا ؕ حَتّٰىٓ
اِذَا بَلَغَ اَشُدَّهٗ وَبَلَغَ اَرْبَعِيْنَ سَنَةً ۙ
قَالَ رَبِّ اَوْزِعْنِيْٓ اَنْ اَشْكُرَ نِعْمَتَكَ
الَّتِيْٓ اَنْعَمْتَ عَلَيَّ وَعَلٰى وَالِدَيَّ وَ
اَنْ اَعْمَلَ صَالِحًا تَرْضٰىهُ وَاَصْلِحْ
لِيْ فِيْ ذُرِّيَّتِيْ ۚ اِنِّيْ تُبْتُ اِلَيْكَ وَ
اِنِّيْ مِنَ الْمُسْلِمِيْنَ ﴿۱۵﴾

تہٕ اسہِ آس انسانس پننس مٲلِس ماجہِ سٟتۍ احسان کرنٕچ تعلیم دِژمٕژ۔ تہٕ کیاز تسنٛزِ ماجہِ اوس سُہ دوٚکھ ژٲلِتھ شکمس منٛز تھوومُت تہٕ پتہٕ اوسُن دوٚکھ و بترِتھ تس زٕنم دیتمُت تہٕ سُہ تلنس تہٕ دوہ دتراوناوس پیٹھ اُسس ترٗہ ریتھ لگیمتی۔ پتہٕ ییلہِ یہ انسان پننہ پوٗرِ پوٗر جوٲنی یعنے ژتجہنہٕ وُہرٕ ووت تہٕ تمۍ ووٚن، اے میانہٕ پروردگارہ! میٚہ دِ امہِ کتھہِ ہُند توفیق زِ بہٕ کرٕ تمہِ نعمتُک شکرانہٕ ادا یوٚسہٕ ژٕ میٚہ پیٹھ تہٕ میانِس مٲلِس ماجہِ پیٹھ کٔرمٕژ چھٕتھ۔ بیہ (امہِ کتھہِ ہُند تہٕ دِم توفیق) زِ بہٕ انہٕ تِتھۍ رٔژ اعمال بجا یِم ژٕ ٹھارِ کھسنے۔ بیہ میانین اولادن منٛز تہٕ کر نیکی ہنٛز بُنیاد قٲیِم۔ بہٕ چھُس ژٕ سُے کُن نمان تہٕ بہٕ چھُس چانہٕ فرمانبردار بندو منٛز۔

أُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ نَتَقَبَّلُ عَنْهُمْ
اَحْسَنَ مَا عَمِلُوْا وَنَتَجَاوَزُ عَنْ
سَيِّاٰتِهِمْ فِيْٓ اَصْحٰبِ الْجَنَّةِ ؕ وَعْدَ
الصِّدْقِ الَّذِيْ كَانُوْا يُوْعَدُوْنَ ﴿۱۶﴾

(یِم لوٗکھ یہ کرن) تِمے لوٗکھ آسن تِتھۍ یِہندۍ رٔژ اعمال اُسۍ قبوٗل کرو تہٕ تِہنٛزو بدیو نِشہٕ کرو اُسۍ درگذر۔ یِم لوٗکھ گرٕھن جنتس منٛز چھُ اکھ پوٚز وعدٕ ییُس ازلہٕ پیٹھے موٗمنن سٟتۍ کرنہٕ یوان چھُ۔

وَالَّذِيْ قَالَ لِوَالِدَيْهِ اُفٍّ لَّكُمَآ
اَتَعِدٰنِنِيْٓ اَنْ اُخْرَجَ وَقَدْ خَلَتِ
الْقُرُوْنُ مِنْ قَبْلِيْ ۚ وَهُمَا يَسْتَغِيْثٰنِ
اللّٰهَ وَيْلَكَ اٰمِنْ ۗ اِنَّ وَعْدَ اللّٰهِ حَقٌّ ۚ

بیہ (اکھ چھُ) تِتھُے شخص (تہٕ آسان) یُس پننس مٲلِس ماجہِ ونان چھُ، توہہِ پیٹھ افسوس! کیا توٚہۍ چھِوا میٚہ یہ خبر بوٗزنہٕ پاٹھۍ دوان زِ بہٕ یِمہ زِندٕ کٔرِتھ زمینہ منٛز کڈنہٕ؟ تہٕ ہتہٕ وادٕ ووٚری

فَيَقُوْلُ مَا هٰذَآ اِلَّآ اَسَاطِيْرُ
الْاَوَّلِيْنَ ﴿١٨﴾

چھِ برونٛٹھ گذرمٕتۍ ( مگر تِمو منٛز آو نہٕ کانٛہہ
شخص زِندٕہ گرٛژھتھ ) تہٕ ( تِمۍ سُند مول موج )
دۄ لوٚسے چھِ اللہ ( تعالیٰ ) ہس فریاد کران
وَنان - ہو گوبرا ! ژٕ یہٕ کیاگووُے ! خدایس
پیٹھ اَن ایمان ، اللہ ( تعالیٰ ) سُند وعدٕ روزٕ
ضرور پوٗرٕ سپدتھ - اتھ پیٹھ چھُ سُہ تِمن جواب
دِوان ، ییم تہٕ چھِیہٕ صرف پرانین ہُنٛز کتھٕ -

اُولٰٓئِكَ الَّذِيْنَ حَقَّ عَلَيْهِمُ الْقَوْلُ
فِيْٓ اُمَمٍ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِهِمْ مِّنَ
الْجِنِّ وَالْاِنْسِ ۭ اِنَّهُمْ كَانُوْا خٰسِرِيْنَ ﴿١٩﴾

یِتھۍ لوٗکھ چھِ یِمن پیٹھ عذابٕچ پیشگوئی پوٗرٕ سپز
تِمو اُمتو منٛز یِمہٕ تِمن برونٛٹھ گذریمٕژ چھِیہٕ ، اِو جِنو منٛز آسہ
یا انسانو منٛز - تِم لوٗکھ آسی گاٹہٕ لبن وٲلۍ -

وَلِكُلٍّ دَرَجٰتٌ مِّمَّا عَمِلُوْا ۚ
وَلِيُوَفِّيَهُمْ اَعْمَالَهُمْ وَهُمْ لَا
يُظْلَمُوْنَ ﴿٢٠﴾

بییہٕ تِمن سارِنۍ میلِن تِہندیو اعمالو مطابق درجہٕ
تہٕ یہٕ سپدِ اَوٚکِنۍ زِ اللہ (تعالیٰ) دِیہٕ تِمن تِہندِین
اعمالن ہُند پوٗرٕ پوٗرٕ بدلہٕ تہٕ تِمن پیٹھ ییہٕ نہٕ
ظُلم کرنہٕ -

وَيَوْمَ يُعْرَضُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا عَلَى
النَّارِ ۭ اَذْهَبْتُمْ طَيِّبٰتِكُمْ فِيْ
حَيَاتِكُمُ الدُّنْيَا وَاسْتَمْتَعْتُمْ بِهَا ۚ
فَالْيَوْمَ تُجْزَوْنَ عَذَابَ الْهُوْنِ بِمَا
كُنْتُمْ تَسْتَكْبِرُوْنَ فِي الْاَرْضِ بِغَيْرِ
الْحَقِّ وَبِمَا كُنْتُمْ تَفْسُقُوْنَ ﴿٢١﴾ ع ٢

بییہٕ ییٚمہٕ دۄہہ کٲفر جہنمس برونٛٹھ کُن پیش
کرنہٕ ییِن ( تہٕ ونہٕ ییِکھ ) تۄہہِ چھِو دُنیاہچہِ
زِندگیہ منٛز پننۍ ساری انعام موکلاوِی مٕتۍ - تہٕ
دُنیاہچہِ زِندگیہ منٛز یوٚت فایدٕ تُلُن او سُہ چھُو
تُلمُت - اَوٚکِنۍ اَز ییِیو تۄہہِ زمینس منٛز ناحقہٕ
تکبُر کرنہٕ تہٕ نافرمانی کرنہٕ کِہ باعثہٕ رُسوٲیی ہُند
عذاب دِنہٕ -

وَاذْكُرْ اَخَا عَادٍ ۭ اِذْ اَنْذَرَ قَوْمَهٗ
بِالْاَحْقَافِ وَقَدْ خَلَتِ النُّذُرُ مِنْۢ

بییہٕ (اے نبی !) عادن ہُنٛد بوے ( ہُود ) تہٕ کرُن
یاد ییلہٕ تِمۍ پننِس قوم احقافن[1] منٛز خبردار کرناوِیو

---

[1] اَحقاف چھُ "حِقف" لفظُک جمع یِمیُک معنے چھُ "سیکہِ ہندۍ تھٔدۍ ٹینٛگ"
یہٕ ناو چھُ امہٕ قومہٕ کِہ اَنجامہٕ کِنۍ تھوونہٕ آمُت - یتہٕ یِم آسی تِم برونٛٹھ حضرموت
علاقہٕ چہٕ سر سبز زمینہٕ منٛز روزان مگر یتہٕ کِنۍ قرآن شریفس منٛز بیان کرنہٕ آمُت
چھُ - تِمن پیٹھ آو اَکھ ووکھ طوفان ییُس سَتھ دۄہن تہٕ سٔتھ راتن تام چلوٚن
روٗد تہٕ تِم گٔیہ تباہ ( سورۃ الحاقہ ع ۱ ) تہٕ تِمہٕ واو طوفانہٕ کِنۍ گٔیہ
تِہندِس ملکس منٛز جایہ جایہ سیکہِ ہندۍ ٹینٛگ پٲدٕ - یِمن تَل سُہ قوم
دوٚبرتہٕ آو -

بَيْنِ يَدَيْهِ وَمِنْ خَلْفِهٖٓ اَلَّا تَعْبُدُوْٓا اِلَّا اللّٰهَ ؕ اِنِّيْٓ اَخَافُ عَلَيْكُمْ عَذَابَ يَوْمٍ عَظِيْمٍ ﴿۲۱﴾

۽ اُنَ (هُودَ) کان اڳ ۾ ۽ اُن کان پوءِ به ٻيا نبي گذري چڪا هئا. (سڀني جي تعليم اِها هئي) ته الله (تعاليٰ) کان سواءِ ٻي ڪنهن جي عبادت نه ڪريو. مون کي توهان تي هڪ وڏي ڏينهن جي عذاب جو ڊپ آهي.

قَالُوْٓا اَجِئْتَنَا لِتَاْفِكَنَا عَنْ اٰلِهَتِنَا ۚ فَاْتِنَا بِمَا تَعِدُنَآ اِنْ كُنْتَ مِنَ الصّٰدِقِيْنَ ﴿۲۲﴾

هُنن چيو ته ڇا تون اسان وٽ اِن لاءِ آيو آهين ته اسان کي اسان جي معبودن کان ڦيرائي ڇڏين؟ جيڪڏهن تون سچو آهين ته جنهن عذاب جو اسان سان وعدو ڪري رهيو آهين اُهو اسان تي آڻي ڏيکار.

قَالَ اِنَّمَا الْعِلْمُ عِنْدَ اللّٰهِ ۖ وَاُبَلِّغُكُمْ مَّآ اُرْسِلْتُ بِهٖ وَلٰكِنِّيْٓ اَرٰىكُمْ قَوْمًا تَجْهَلُوْنَ ﴿۲۳﴾

(هُود) چيو ته اِن جو علم ته فقط الله (تعاليٰ) وٽ آهي. مان ته صرف اُهو پيغام توهان تائين پهچائي رهيو آهيان جيڪو ڏئي مون کي موڪليو ويو آهي، پر مان ڏسان ٿو ته توهان جاهل قوم آهيو.

فَلَمَّا رَاَوْهُ عَارِضًا مُّسْتَقْبِلَ اَوْدِيَتِهِمْ ۙ قَالُوْا هٰذَا عَارِضٌ مُّمْطِرُنَا ؕ بَلْ هُوَ مَا اسْتَعْجَلْتُمْ بِهٖ ۚ رِيْحٌ فِيْهَا عَذَابٌ اَلِيْمٌ ﴿۲۴﴾

پوءِ جڏهن هُنن اُهو (عذاب) ڪڪر جي صورت ۾ پنهنجين واديءَ ڏانهن ايندو ڏٺو ته چوڻ لڳا ته هي ڪڪر آهي جيڪو اسان تي مينهن وسائيندو. (هود چيو) هي اُهو (عذاب) آهي جنهن جي توهان جلدي ڪئي هئي، هي هوا (طوفان) آهي جنهن ۾ دردناڪ عذاب آهي.

تُدَمِّرُ كُلَّ شَيْءٍۭ بِاَمْرِ رَبِّهَا فَاَصْبَحُوْا لَا يُرٰٓى اِلَّا مَسٰكِنُهُمْ ؕ كَذٰلِكَ نَجْزِي الْقَوْمَ الْمُجْرِمِيْنَ ﴿۲۵﴾

هي هوا پنهنجي پروردگار جي حڪم سان هر شيءِ کي تباهه ڪري ڇڏيندي. پوءِ نتيجو اهو ٿيو جو هُنن جي گهرن کانسواءِ ٻيو ڪجهه به نه ڏسڻ ۾ ٿي آيو. (سڄي قوم هلاڪ ٿي وئي) اسين ڏوهاري قوم کي اهڙي طرح سزا ڏيندا آهيون.

وَلَقَدْ مَكَّنّٰهُمْ فِيْمَآ اِنْ مَّكَّنّٰكُمْ فِيْهِ وَجَعَلْنَا لَهُمْ سَمْعًا وَّاَبْصَارًا وَّاَفْـِٕدَةً ۖ فَمَآ اَغْنٰى عَنْهُمْ سَمْعُهُمْ وَلَآ اَبْصَارُهُمْ وَلَآ اَفْـِٕدَتُهُمْ مِّنْ شَيْءٍ اِذْ كَانُوْا

۽ اسان هُنن کي اُها طاقت عطا ڪئي هئي جيڪا طاقت توهان کي به عطا نه ڪئي آهي. ۽ اسان هُنن کي ٻڌڻ لاءِ ڪن ۽ ڏسڻ لاءِ اکيون ۽ سوچڻ لاءِ دل ڏنا هئا، مگر هُنن جي ٻڌڻ، ڏسڻ ۽ سوچڻ جي طاقت هُنن جي ڪم نه آئي

يَجْحَدُوْنَ ۙ بِاٰيٰتِ اللّٰهِ وَحَاقَ بِهِمْ مَّا كَانُوْا بِهٖ يَسْتَهْزِءُوْنَ ﴿٢٦﴾

ع ٣

ڳالھيون)، اوکين ٿيندڙ ڪنن ۽ اکين ۽ دلين ڏنيون ته انهن ڪا به نفعو نه ڪيائون، ڇو ته اهي الله (تعالىٰ) جي آيتن جو انڪار ڪندا هئا ۽ انهن کي ان عذاب اچي گهيرو ڪيو جنهن تي چٿرون ڪندا هئا، انهي وٽ جنهن ٺٺوليون ڪرڻ وارو.

وَلَقَدْ اَهْلَكْنَا مَا حَوْلَكُمْ مِّنَ الْقُرٰى وَصَرَّفْنَا الْاٰيٰتِ لَعَلَّهُمْ يَرْجِعُوْنَ ﴿٢٧﴾

۽ اسان ڇو ته توهان جي آس پاس جون بستيون ته هلاڪ ڪري ڇڏيون - ۽ اسان توهان کي انهي اسان جون آيتون ورائي ورائي بيان ڪيون هيون ته جيئن (انهن آيتن جا مخاطب) موٽي اچن.

فَلَوْلَا نَصَرَهُمُ الَّذِيْنَ اتَّخَذُوْا مِنْ دُوْنِ اللّٰهِ قُرْبَانًا اٰلِهَةً ۭ بَلْ ضَلُّوْا عَنْهُمْ ۚ وَذٰلِكَ اِفْكُهُمْ وَمَا كَانُوْا يَفْتَرُوْنَ ﴿٢٨﴾

پوءِ ڪيائون نه انهن جي مدد انهن لوڪن جن انهن الله (تعالىٰ) کان سواءِ اهي معبود بڻايا هئا ته اسان کي خدا جي ويجهو ڪن، بلڪ اهي کانئن گم ٿي ويا، ۽ اهو (يعني معبود بڻائڻ) انهن جو ڪوڙ هو، ۽ اهو ڪوڙ جيڪو اهي ٺاهيندا هئا ان جو نتيجو.

وَاِذْ صَرَفْنَآ اِلَيْكَ نَفَرًا مِّنَ الْجِنِّ يَسْتَمِعُوْنَ الْقُرْاٰنَ ۚ فَلَمَّا حَضَرُوْهُ قَالُوْٓا اَنْصِتُوْا ۚ فَلَمَّا قُضِيَ وَلَّوْا اِلٰى قَوْمِهِمْ مُّنْذِرِيْنَ ﴿٢٩﴾

۽ جڏهن اسان جنن مان ڪيترن ماڻهن[1] کي تو ڏانهن موڪليو، جو قرآن ٻڌڻ جا خواهشمند هئا، پوءِ جڏهن اهي (قرآن خواني جي مجلس ۾) حاضر ٿيا ته هڪ ٻئي کي چيائون ته ماٺ ڪري ٻڌو! پوءِ جڏهن قرآن جي تلاوت پوري ٿي ته اهي پنهنجي قوم ڏانهن واپس ويا ته انهن کي (برائي کان) ڊيڄارين ۽ اسلام جي اشاعت ڪن.

قَالُوْا يٰقَوْمَنَآ اِنَّا سَمِعْنَا كِتٰبًا اُنْزِلَ مِنْۢ بَعْدِ مُوْسٰى مُصَدِّقًا لِّمَا بَيْنَ يَدَيْهِ يَهْدِيْٓ اِلَى الْحَقِّ وَاِلٰى طَرِيْقٍ مُّسْتَقِيْمٍ ﴿٣٠﴾

۽ پنهنجي قوم کي چيائون، اي اسان جي قوم! اسان هڪ اهڙو ڪتاب ٻڌو آهي جيڪو موسىٰ کان پوءِ نازل ڪيو ويو آهي ۽ جيڪو ڪتاب اڳ ۾ آهن انهن جي تصديق ڪري ٿو ۽ سڌي

---

[1] هتي آيل لفظ "جن" اصل ۾ انهن ماڻهن لاءِ استعمال ٿيو آهي، جيڪي بني اسرائيلي وفد سان لاڳاپيل هئا ۽ جيڪي رسول الله صلي الله عليه وسلم وٽ آيا ۽ انهن توهان جي باري ۾ خبر ٻڌي هئي ته حضرت کين آيا آهن، انهن جو ملڪ عراق ڪري "نصيبين" علائقي جا رهاڪو هئا. ڇاڪاڻ ته اهي لوڪ ڏور رهندڙ هئا، رسول الله صلي الله عليه وسلم سان ٿورو ٿورو گڏ ٿيا ته انهن جي قوم ۽ عرب لوڪ انهن جا دشمن هئا. (فتح البيان جلد ۸ صفحو ۳۵۵).

مشڪ ڇهيئي، جمن ڇهيئي (يه ڪتاب) تصديق ڪران ٻيه ڇهيئي پيڙس ڪن ته سيئزي وته ڪن رهنمائي ڪران.

يٰقَوْمَنَآ اَجِيْبُوْا دَاعِيَ اللّٰهِ وَ اٰمِنُوْا بِهٖ يَغْفِرْ لَكُمْ مِّنْ ذُنُوْبِكُمْ وَ يُجِرْكُمْ مِّنْ عَذَابٍ اَلِيْمٍ ﴿٣١﴾

اے ساڻي قومي! الله (تعالیٰ) سنڌي طرفي نوکتاب انن واٽيس شخصي سند ناد ڪرو قبول ته تس پيٺ اُتو ايمان. نتيجو نيري يه ته الله (تعالیٰ) ڪري تهند ڪر گوناه معاف ته توهه ديو اکه پينه والي ڏڪي دار عذابي بنشي پناه.

وَ مَنْ لَّا يُجِبْ دَاعِيَ اللّٰهِ فَلَيْسَ بِمُعْجِزٍ فِي الْاَرْضِ وَ لَيْسَ لَهٗ مِنْ دُوْنِهٖٓ اَوْلِيَآءُ ؕ اُولٰٓئِكَ فِيْ ضَلٰلٍ مُّبِيْنٍ ﴿٣٢﴾

ته ڪيس الله (تعالیٰ) هس ڪن ناد ڏيه واڪي هنشر ڪته مانان پڇهو، سه هيڪري نه تس ڏني يهس منز هارناوته ته خدائيس وراڻي تس پناه ديه واڪي وجود ڇهته ڪني، هيته لوڪه ڇهه ٹاڪار گمراهي منز آورته آسان.

اَوَ لَمْ يَرَوْا اَنَّ اللّٰهَ الَّذِيْ خَلَقَ السَّمٰوٰتِ وَ الْاَرْضَ وَ لَمْ يَعْيَ بِخَلْقِهِنَّ بِقٰدِرٍ عَلٰٓى اَنْ يُّحْيِ َۧ الْمَوْتٰى ؕ بَلٰٓى اِنَّهٗ عَلٰى كُلِّ شَيْءٍ قَدِيْرٌ ﴿٣٣﴾

تم ڇهنا وُڇهان ته سه خدا يمي آسمان ته زمين پاڊ ڪري متي ڇهه ته سه ٿهوڪنه تم پاڊ ڪرنه سيتي، سه ڇه اته پيٺ ته قادر ته مورو ڪري زنده، سه ڇهه پڙن پرته ڪانهه اراڊ پوري ڪرنس پيٺ قادر.

وَ يَوْمَ يُعْرَضُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا عَلَى النَّارِ ؕ اَلَيْسَ هٰذَا بِالْحَقِّ ؕ قَالُوْا بَلٰى وَ رَبِّنَا ؕ قَالَ فَذُوْقُوا الْعَذَابَ بِمَا كُنْتُمْ تَكْفُرُوْنَ ﴿٣٤﴾

ٻيه يمي دوهه ڪافر نارس بروٺهه ڪن پيش ڪرنه يِن. ته ونه پيکه ڪيا يه ڇهنا حق؟ تم دپن اوه اواسه ڇهيه پيشس پروردگاري هنز درهے. (يه ڇهه بلڪل پوز). اوه فرماويکه (الله تعالیٰ)، اچها توهي ترهو پيٺه ڪفرڪر باعث عذاب.

فَاصْبِرْ كَمَا صَبَرَ اُولُوا الْعَزْمِ مِنَ الرُّسُلِ وَ لَا تَسْتَعْجِلْ لَّهُمْ ؕ كَاَنَّهُمْ يَوْمَ يَرَوْنَ مَا يُوْعَدُوْنَ ۙ لَمْ يَلْبَثُوْٓا اِلَّا سَاعَةً مِّنْ نَّهَارٍ ؕ بَلٰغٌ ۚ فَهَلْ يُهْلَكُ اِلَّا الْقَوْمُ الْفٰسِقُوْنَ ﴿٣٥﴾ ع

لهذا (اے نبي!) تو ته ڪر (تيتهے پاڻهو) صبر ييته پاڻهو پوختي اراڊ واليو رسولو (ترينه بروٺهه) صبر ڪورمت ڇهه، ٻيه تهندي خاطري مه ڪر يه دُعا تري تمن پيٺه پين وُلي وُلي عذاب. يمي دوهه تم وعدو ديه آمت عذاب وُچهن تهنز حالت گرٿهه ترٿهه زننه تم ييته دُنياهس منز وُڪس ساعتس کهنڊس رُودي هتي آسي. يه ڪته ڇهيه (تمن ڪفارن هنزي خاطري) محض اکه نصيحت ڪنه ونه آمتر ته فاسق قومه وراڻي ييه نه ڪانهه اکه هلاک ڪرنه.




سورة محمّد- یہ سورة چھ مدنی تہ بسم اللہ ہیتھ چھاٹھ کُنتاجی آیہ بیہ چھپس ژور رکوع۔

بِسْمِ اللّٰهِ الرَّحْمٰنِ الرَّحِيْمِ ①

(بہ چھپس) اللہ (تعالیٰ) سُند ناو ہیتھ (پران) یُس حدٕ رۆس کرم کرن وول (تہٕ) پھیرِ پھیرِ رحم کرن وول چھُ۔

اَلَّذِيْنَ كَفَرُوْا وَصَدُّوْا عَنْ سَبِيْلِ اللّٰهِ اَضَلَّ اَعْمَالَهُمْ ②

یِم لُکھ یمو کُفر کوٚر تہٕ اللہ (تعالیٰ) سِنزِ وَتہٕ نِشہٕ کوٚرکھُ ٹھاک، اللہ (تعالیٰ) ہٕن کٔرۍ تِہندۍ اعمال تباہ۔

وَالَّذِيْنَ اٰمَنُوْا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَاٰمَنُوْا بِمَا نُزِّلَ عَلٰى مُحَمَّدٍ وَّهُوَ الْحَقُّ مِنْ رَّبِّهِمْ ۙ كَفَّرَ عَنْهُمْ سَيِّاٰتِهِمْ وَاَصْلَحَ بَالَهُمْ ③

بیہ یمو ایمان اوٚن تہٕ ایمانہٕ مطابق اُنِکھ اعمال بجا بیہ یہ محمدٔس (یعنے رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمس) پیٹھ نازِل سپُد، تتھ پیٹھ اوٚنکھُ ایمان تہٕ تی چھُ تِہندِس پروردگارٕ سِندِ طرفہٕ حق۔ اللہ (تعالیٰ) کرِ تِہنزن بدین پردٕ تہٕ تِہندۍ حالات کرِ ٹھیک۔

ذٰلِكَ بِاَنَّ الَّذِيْنَ كَفَرُوا اتَّبَعُوا الْبَاطِلَ وَاَنَّ الَّذِيْنَ اٰمَنُوا اتَّبَعُوا الْحَقَّ مِنْ رَّبِّهِمْ ۙ كَذٰلِكَ يَضْرِبُ اللّٰهُ لِلنَّاسِ اَمْثَالَهُمْ ④

یہ آو اِہ کِنۍ کرنہٕ زِ یمو کُفر کوٚر مُت اوس تِمو آس اپزِ ہِچ پٲروی کٔرمٕژ تہٕ یمو ایمان اوٚنمُت اوس تِمو اُسی پننِس پروردگارٕ سِندِ طرفہٕ پیٹھ وٲلِس حقس پتہٕ پکی ہتو۔ اللہ (تعالیٰ) چھُ یتھے پٲٹھۍ لُکن برونٹھ کنہٕ تِہندۍ (اصل) حال بیان کران۔

فَاِذَا لَقِيْتُمُ الَّذِيْنَ كَفَرُوْا فَضَرْبَ الرِّقَابِ ۭ حَتّٰٓى اِذَآ اَثْخَنْتُمُوْهُمْ فَشُدُّوا الْوَثَاقَ ۤۙ فَاِمَّا مَنًّۢا بَعْدُ وَاِمَّا فِدَاۗءً حَتّٰى تَضَعَ الْحَرْبُ اَوْزَارَهَا ڕ ذٰلِكَ ۚ وَلَوْ يَشَاۗءُ اللّٰهُ لَانْتَصَرَ مِنْهُمْ وَلٰكِنْ لِّيَبْلُوَا۟ بَعْضَكُمْ بِبَعْضٍ ۭ وَالَّذِيْنَ قُتِلُوْا فِيْ سَبِيْلِ اللّٰهِ فَلَنْ يُّضِلَّ اَعْمَالَهُمْ ⑤

اِدِ کِنۍ (پزٕ زِ) ییلہِ توہۍ کافرن سیتۍ جنگس منز مقابلہٕ سپدِو تہٕ (تِہنزٕ) گردنہٕ ژٹیوکھ۔ یوٚت تام زِ ییلہِ توہۍ تِہندٕ خون ہارِو تہٕ زوربٕ سان پھرلُکھ نربن یِتھ کٔن گنٛڈ۔ امہِ پتہٕ یا تہٕ (ترٲوِیوکھ تِم) احسان کٔرِتھ یا (ترٲوِیوکھ) تاوان ژنگ ہیتھ یوٚت تام زِ لڑٲیِ ہِنزٕ ہتھیار تراوِ (یعنے ختم گژھِ) یہ سورٕ کینہٕ چھُ حالاتو مطابقے سپُدمُت تہٕ ہرگاہ اللہ (تعالیٰ) ییٚژھِہے تہٕ پانے ہیٚیہے تِمن بدلہٕ۔ اماہ پوز تِمٕ یوژھ زِ توہہٕ منزٕ کیٚنژن

